# مہ جبین

## مثنوی

مِرزا شوٗق لکھنوی سٕنزٕ مثنوی "زہرِ عشقُک"
کاشُر منظوم ترجمہٕ

فارُوق نازکی

فارُوق نازکی

ؤری — ۱۹۹۶
تعداد — پانژھ ہتھ
مطبع — شالیمار آرٹ پریس
قیمت — ۱۰۱ روپیہ
کِتاب میلنک پتہ
کتاب گھر، لال چوک سرینگر

تابِش پبلیکیشنز، سرینگر

# اِنتساب

یہ مثنوی چھُس بہٕ لولہٕ کِس ناوس منسوٗب کران،
لول چھُ اوّل تہٕ لول چھُ آخر
لول چھُ ظاہر تہٕ لول چھُ باطن
لول چھُ نادیدہ خابُک تعبیر
لول چھُ نِراکالُک آکار
لول چھُ گوڈ تہٕ لول چھُ اَند
موت چھُ لولہٕ مستن پھِران
مگر
تو ییتہٕ تہٕ چھُ لول لازوال، ازل تا ابد سرتازٕ تہٕ ساَدر وار،
نفرتٕ ہِندس ییتھ وقتس منز چھُس بہٕ اکوے دُعا مَنگان ؎

خوٗدایا عشقہٕ روستے کانْہہ مہٕ آسِن
کرِن عشقُن گدائی شاہ مہٕ آسن

ف، ن

# مُشک آنست کہ.....

تخلیقی ترجمہٕ چہ مثالہٕ چھے کأشرِ شاعری منٛز سیٹھاہے کمیاب۔ لولہٕ مثنوی ہندِس مأدانس منٛز چھُ مقبول کرالہٕ وأری اَمہِ لحاظہٕ ونیکنام سارِوے کھوتہٕ وہ نوت تہٕ وُسوار مانہٕ یوان۔ صنیا بخشی یَن ادس نوش لبہٕ ہُنٛد تہٕ عجب ٲلکَنُ لولہٕ داستان فارسی نثرس منٛز وٕنمُت تہٕ مقبوٗلیَن بخش تتھ پننہٕ تخیلُک وڈوٕ ایحاسہ کہ تنٛزِ تہٕ ہونرمند باوٕژ بلہٕ دُسی نہ صرف منظوم روٗپ بلکہ فنی مأرِ منٛزر تہٕ زوٗ زیتہٕ تہٕ مقبولِس پتہٕ شرٕکیو ولولہٕ مثنوی لیکھنُک سلسلہ واریٕ وارِ تہٕ موجوٗد وُہمہٕ صدی دوران گویہ فن بلکلُہے گال کھاتس۔

اتھ پوٚت منظرس منٛز باسہٕ میأنی کِنی پرتھ کأنسہٕ سوخن فہمس "مہ جبیں"، ناوٕ فاروق نازکی ینٛزِ دردس مثنوی زنتہ دہ درِس بہوہ لن تر، "مہ جبیں" تہٕ چھے ترجمہٕ مگر کُنہٕ نثری تحریرہٕ بجایہٕ اکہِ شعری کارنامک۔ کُنہٕ زبأنی ہند شار بیٚیہِ کنہ زبأنی ہنٛزِ ہوبہو صنفہ تہٕ بحرِ منٛز پھِرُن، تتھہٕ پأٹھی زِ تمیُک زوٗ زیتہٕ روزِ ڈنجہِ، یہ چھُ اکھ انتہایی کڈرتہ صبر آزما فنَ، تہٕ یس فنکارس یہ سنگلاخ مُسٹھ بناونک بتر آسہٕ تس پزِ سوٚ دِلہٕ مُبارکھ کرُن۔ "مہہ جبیں" چھے نواب مرزا شوق نہٕ "زہرِ عشق" ناوٕ اکہِ موٗلجہِ اُردو مثنوی ہنٛد کأشر روٗپ۔ فاروق نازکین یہ نادر فنی اہتمام چھُ قأبلِ داد زِ ترجمہٕ گژھِہ اصلس یوٚت وتیوٚت لرلوٚر روزُن تہٕ ستی تخلیقی توانأیی تہٕ پرادُن۔

اُردو والیو چھے "زہرِ عشق"، کینژو فنی گوٚنوٚ موٗجوٗب اردوٗ زبأنی ہنٛز اکھ سیٹھاہے قأبلِ قدر مثنوی گنٛزرٕہٕ۔ أسی ہیکو تمن گوٚنَن ہُنٛد خلاصہ پَننہٕ آیہِ یتھہٕ پأٹھی پیش کرِتھ:

موزوٗن زبان تہٕ مناسب طرزِبیان ورتاوتھ کُنہٕ مخصوٗص صورتحالس سیتی وابستہٕ کردارن ہندۍ اِحساسن تہٕ جذباتن غٲرضروری تگن گری ورلے اثرانگیز لہجہ لے عطا کرن یُتھ پٲرن وألس تتھ صورتحالس منٛز تخیلی طور داخل سپدان سپدان کُنہٕ غٲر رسمی تجربک پزرٕ پٲٹھۍ باس لگہِ۔

"مہہ جبیں" چھےٚ ترجمہٕ اُستھ تہٕ اتھ معیارٕ کہوچ کھٔستھ اصلک باس دِوان، بلکہٕ یُس زٕ دوٗن زبانن ہُند شخص نہ اردوٗ اصلک کانٛہہ پیی آسہِ تس گژھہِ نہٕ شاید گُمانے زٕ یہ چھُ کانٛہہ ترجمہٕ۔ پران تکیازِ نازکی صأبن چھےٚ پننِس تخلیقی تخیلس تہٕ پننہِ قادرالکلامیہ کأم ہیتھ پننۍ مثنوی اَمہِ لحاظہٕ خود کفیل بنأومٕژ، تہٕ یتھہٕ پأٹھۍ کأشرِ زبأنۍ اکھ بڈأتی پزٕ تہٕ قابلِ قدر مثنوی ڈالہٕ اأنۍ مژ۔

کینژن اردوٗ شارن لرِ لور تھأوِتھ کینہہ کأشرۍ شار تہٕ فاروق صأبنۍ باوژ بل مولہ ون:

حمد:

| | |
|---|---|
| لکھ قلم پہلے حمدِ ربِّ ودُود | گوڈ پرو حمد رب لامحدود |
| کہ ہر اک جا پہ ہے وہی موجود | کیا زٕ بس سُے چھُ جا بجا موجوٗد |
| ذاتِ معبود جاودانی ہے | سُے چھُ بس سُے چھُ جاودانی شان |
| باقی جو کچھ کہ ہے کہانی ہے | تَس سوٕے کل مَن علیھا فان |
| ہمسر اس کا نہیں ندیم نہیں | تس نہ ہمشانہ کانٛہہ ندیم نہ کانٛہہ |
| سب ہیں حادث کوئی قدیم نہیں | سأری حادث چھِ بس قدیم نہ کانٛہہ |

نعت:

| | |
|---|---|
| مدحِ احمدؐ زباں پہ کیونکر آئے | کریوٚ زٕ کیا مدحِ احمدِؐ مختار |
| بحر کوزے میں کسطرح سے سمائے | بٔری زٕ کیتھہٕ صرٕ یہ منٛز سوٗدٕر چھاوار |
| ذاتِ احمد کو کوئی کیا جانے | ذاتِ احمدؐ سہ کُس تہٕ کیا زانے |
| یا علیؑ جانے یا خدا جانے | یا علیؑ زانہِ یا خدا زانے |

مدح :

مدحِ حیدر میں کھولے جو دہن    مدحِ مولا علی چھُ ما آسان

اس سے آگے نہیں ہے جائے سخن    وِڈھ چھِ لفظن ہو کھان ہٕ معنہٕ ژھان

کون حیدر کا مرتبہ سمجھا    پزٕ پُزی کمی مقامِ حیدرٕ زون

کوئی بندہ کوئی خدا سمجھا    اُڈی ونان بندٕ بِس اڈٕ لود موں

وونی پرِو الگ پاٹھی لولک پٕہ تعارف ہٕ ژینو اَرم خود کفالتھ :

بیٚلہِ بنا گو یہٕ گُلشنِ ایجاد    میوٗل پژتھ طرفہٕ پژتھ اکس اِمداد

پوش باغس اندر چھ رنگ ژھٹان    نالہ زاری چھے بُلبُلس شوٗ بان

زوٗنہٕ تارکھ جِگرِ تھ تھوٗن نالس    اُچھ یمبرزلہِ ہٕ داغ گُل لالس

کُکِلہِ ہونزٕ ذٕہٕ قد بلند سروس    سوٚنبلس کاؤی تیٚ پریٚنبر موٚختس

سنگدِلی منز کٔرِن صنم مشہوٗر    اُڈرَن آدمس چھے لوٚچ پوٗر

چھا بَشر کانہٕ تیٚمِس نہٕ لول ہٕران    یے گرن ہِنٛدی گرٕ ےچھُ فان کران

لول گو نار منٛز اتھس ژالُن    لول گو آب پرَبتَس کھارُن

لول پھلوا کران چھ شہزادن    جان دِیاوان فریبہ فرہادن

دود ہجرک بنان چھ ہول لگے    نار آبس دِوان چھُ لول لگے

شہر، گر بار ترأوی خوشحالو    زہر کھیتھ جان دیُت ژُول مالو

اصل کیو ترجمہ دوشوٚے چھِ محض وٕہن ژٕہن واقاتن پیٹھ مشتمل ہٕ کردارٕ چھِ واقاتی اہمیتھ لحاظٕ بس ترٛے، پلاٹ چھُ ژھولوٗے ہٕ کُنہٕ وَرٕ وُٹھ نہٕ ورأے، ہٕ تھیم درمیانہٕ طبقچ اُکس تازٕ بالغ ہٕ شوخ مزازٕ مگر سماجس کھوٗنہِ تھ آش ناش (DESPERATE) سپدن واجنہٕ کورِ ہنٛد گوڈٕنچی نظرِ کار کرن وول اکھ وِلوٗد لولہٕ مرٕ ژ ۔ نہٕ کانٛہہ غارٕ معمولی تجربہ، نہٕ کانٛہہ شدید مقصدی یا جذباتی ٹھُمہ ٹھُم، نہٕ کانٛہہ مُفکرانہٕ بصیرتھ، نہٕ تخیلک کانٛہہ جھژٕل وُپھِ وار، نہٕ ووستاد آیہ کانٛہہ نادِر استعارٕ سازی یا علامتھ گری ہٕ تہٕ تگگری

چالہِ کانہہ شاعرانہ مُلہ مایہ —— کینہ معمولی واقعات ییٚن ہُنٛد کاٚنسہِ تہٕ عملی یا تخیّلی تجربہٕ سپدتھ ہیٚکہِ ، مگر تہِ اُستھ تہِ کلہم پاٚٹھی اکھ سیٹھا اثردار تہٕ دِلنشین تخلیق ۔ "زہرِ عشق" مولناون والیوچھ اَمہِ اثرٕک تہٕ دلنشینی ہُنٛد آگُر مرزا شوقٕ سُنٛد سیٚود سادٕ لفظٕ ورتاو، فطری محاورٕ بندی، بیٚیہِ پھُٹرک جذباتھ لگاری تہٕ متحرک منظر کشی قرار دِژمژ ۔ یہِ چھُ سوٗرُے درُست، تاہم چھُ ییٚمہِ سارِنے فنی گوٗنن وٕجوٗدس اَنن دول توٗدتھ شوٗقُن سُہ دِلسنٕس آمُت تخیل ییٚمہِ چہِ بَرکُژ سُہ مہہ جبینہِ ہُنٛد تہٕ تسندِس عاشقہ سُنٛد تہٕ تِمنٛز ماجہِ ہُنٛد مخصوص صورتحال یہِ ڈٕپی زِ تہٕ پننہِ ذاتی تہٕ فوٗری تجربہٕ ژنگ ژینان چھُ تہٕ تہندِین وٕجوٗدَن اندر اَژِتھ تہنٛز واٗنی جہِ دُبرائے زِ تہٕ پننی واٗنی جہِ دُبرائے بناوان چھُ، تہٕ تمہِ دُبرایہِ باپتھ اکھ نیچرل زبان تہٕ طرزِ بیان دٕریاف کران چھُ۔

فاروق نازکیُن پھِرُن لایق تۆنگر چھُ یہِ زِ سُہ چھُنہٕ شوقٕ ہندِس اَکہِ فنی تجربُک محض ترجمہ کران ، بلکہ چھُ تخلیقی سوٗتھرِس پیٹھ اَمیُک دوٚیُم تہٕ کاشُر زنم ممکن بناوان ۔ تمہِ چھےٚ اصل مثنوی ہندِس اُس مخصوص لکھنوی ماحولس تہٕ معاشرژ اتھہ ڈٲلتھ یوٗت وتیوٗت کاشُر انہار تہٕ مزاز بخشنچ اکھ تارِیفن لایق کوٗشِش کٔرمژ۔ اُردوٗ مثنوی ہندی پاٚٹھی چھُ کاشِر مثنوی منز تہِ واقاتہٕ وناو، حالہٕ وَکھنے، ایٚحساسہٕ باوتھ تہٕ جذباتہٕ وُژنی یہِ سورُے موہلوٗن لایق ۔ مثالہِ دِنہٕ پھسو طوالتہٕ منز۔ یوٗزِو مالہِ چھُ لگ بھگ

زفرق تا بقدم ہر کجا کہ می نگرم — کرشمہ دامنِ دل مے کشد کہ جا اینجاست

تاہم انبارٕ منٛز اکھ چرٕونگ :

بوز لوٚکچ دٕلیل از باوَے — لول کیتھہٕ کٕنی پھرٕان چھُ از ہاوَے

اوس مجلس اندر مےٚ گرِ یتھ نسَ — تاجراہ اکھ بسان اوس تتی نسَ

شہل ہمسایہٕ رُت تہٕ خوش اطوار — نیک سیرت امیر ، نیکو کار

اوس پٕرتھ طرفہٕ تسَ خدا پوٗرمُت — دٕے گرِ ھتھ اوسنس پھرِتھ رٕھنمُت

مہ جبیں ناوٕ اُس تسَ اکھ کوٗر — اَنہرِش اُس باحیا مستوٗر

جورٕ اوٗس نہٕ شکلہِ اندر کانہہ — واتہہسے نہٕ حوٗرِ پیکر کانہہ

لولہٕ باغس سۄ یاوٕنٛژ تھٔر اَس — پوشہٕ لنٛجہٕ پیٹھ سۄ بولہٕ ڈٔنٛژر اَس
لیکھنہٕ یِرنکُ تہٕ اوس شوق تٔمِس — شاروننکُ تہٕ اوس ذوق تٔمِس
یاوٕنٛژ تیٚہہ سۄ اَس آفت اَس — مۄختصر زان اکھ قیامت اَس .....
اَتھی اندر دارِ کنہٕ نظر تراوِم — اَنہٕ ڈٔبہٕ پیٹھ سۄ مہٕ جبیں ڈیٖٹھم
سیٚتی کیٚنژن وِہِن سۄ مسوَل اَس — شوقہٕ نظرَو وُچھان سۄ نزل اَس
شادگیہِ قۄدرتکُ نظارٕ وُچھتھ — پمبر زل آیہٕ زنتہٕ سونتہٕ پھۆلتھ .....
اَتھی اندر اوٕ یور وُچھنہٕ سۄ لَجٕ، — گنٛڈ خیالو مے تارکن ہٕشر رٕج
تَمہٕ نظر تراو آسمانس کُن — آے تیٚرس سپُدٕ نِشانس کُن
چشمہٕ تَمہٕ تٔجہِ ریٚتھے مے کُن یامت — کامہٕ دِلوَن سۄ کارکور تامَت .....

اَلبتہٕ اکھ خَلِش چھےٚ یۄسہٕ بیان کرنس چارٕ چھُنہٕ۔ وَنہٕ ہۄ نواب مرزا شوقس، پۆزٕ سہٕ کتہٕ انون! مثنوی چھےٚ قِصہٕ رنگہٕ پٮ۪ٹھی مۄختصر ییٚمہٕ کنہِ واقاتھ تہٕ کمےٚ چھس تہٕ کردار تہٕ پۆزٕ تھے، تہٕ پلاٹ نہٕ آسنس برابر۔ ہرگاہ اردو اصلیچ مۄجوٗد اَک لہرل صوٗرتھ تہٕ نمون تَتھ منٛز تہٕ چھ کٔژن جایَن اوٕ یور نظر تھوٗد تُلِتھ وُچھنکی تہٕ پھرٕکھ نرٕ اوِتھ قدم برونہہ پھن تُلنکی اِمکان آلو آلو کران۔ کٔنہٕ کنہٕ چھُ پہٕ ظون تہٕ سیٹھہ اَنان زِ ڈیِل ونہٕ وول ماگۆژھ بدل کانٛہہ آسُن۔ یا ابتداہس منٛز ییٚمہٕ آیہٕ مہٕ جبینہٕ ہندِس عاشقس پنٛنہٕ موج تشویشہٕ ہُنٛز پرٕژھ گارٕ کران چھےٚ تَتھ ماگۆژھ پرٕنہٕ پاٹھی کاشُر انداز تہٕ آہنگ پیٚدٕ بُڈمُن۔ فاروق صاب چھُ اَصل نموٗنس تیٛوت آویزٕ رٕدمُت زِ تٔمۍ چھُنہٕ پانس منٛز مطلوٗبہٕ صلاحیتھ آسِتھ تہٕ تِمن آلوَن اِمکانن کُن حسبِ ضرورت توجہ دِیتمُت۔ یۄہے وجہ چھُ زِ "مہٕ جبیں" تہٕ چھےٚ "نہرِ عشقکی" پاٹھی زنتہٕ بانبرِ گمژٕ۔ کانٛہہ تاجب چھُنہٕ آیندٕ کنہٕ وِزِ سپدٕ یہٕ کمی پوٗرٕ تہٕ سیٚتی بنہٕ سانہٕ مثنوی ہُنٛد اکھ اکھ مصرٕ مِثالی طور چھُس تہٕ اکھ اکھ واقہٕ ڈرامٲیی چالہٕ کم گو بسیار کار۔

ٲس گو اَکھ بانبرِ منٛز تہٕ یُس مٲری مۆند تہٕ مَنہٕ مون کتاُنٛز جامہٕ فاروق صابَن وٕنمُت چھُ سہٕ چھُ اُکس حساس کٲشرِس شاعرٕ سُنٛد پنہٕ ہنٛن کٲشرِ سوٗخن فہم دوستن اکھ لولہٕ عطا آیاتھ، یتھ احسان مَندی

سان قدر گژھِ سَپدٕنی —

کھٕ کِتھ چھےٚ پوشہ پھٕتھر از آمٕژ
ژاپہ بہ کوتاہ ژھوٚٹ یہٕ ہُکَم چھُم

۱

اُتھی اندر دراو بینٛہٕ غورُک ژُنٛدٕر　آیہ اَستانہٕ پوشہٕ مُژسوندٕر
اوس لوٚگمُت تمِس اُچھَن گرٛونےٚ　ژُوٚرِ ژھینٛیہٕ وآژ بینٛیہٕ سو گرٕ میثونےٚ .....
اَژِ وُنےٚ کلٕمےٚ کوچھِ اندر ترٛووُن　باکہٕ دی دی منےٚ حالِ دِلِ بووُن
گو ہٕرس فاش گری گرن بُوزمُ　کیاہ ونےٚ کیاہ سوٚزمُ تہٕ کیاہ وٕترُم
اُخری زان چھےٚ ازٕیکُ سمہٕ ژار　سون سمکھُن چھُ ووٕنی سیٹھاہ دشوار
کاہنہٕ سنیووُےٚ نہٕ عشقہٕ نارس ہلےٚ　شوٚٹھِ ووٕنی سوزٕنم بنارس ہلےٚ
بالہٕ پانسَ مےٚ بالہٕ یارٕے نیٛوکھ　جبر کوٚرہم تہٕ یختیارٕے نیٛوکھ ......
زٕہر کھیتھ ووٕنی بہ زٕو دِمےٚ یارو　باکھ ژھٹی زٕہم نہٕ ئےٚ مرےٚ یارو
ژبڈ کرٕنی چھےٚ ملالہٕ مُشراوُن　میثانہٕ یٕرتکُ خیال چھےٚ تھاوُن
میانہٕ مرٕنٕچ خبر ژٕ بوزکھ یام　یُتھنہٕ ہرگز ودکھ تلکھ کہرام .....
یُتھنہٕ مندٕچھاوِہم جہاتس منٛز　نیرٕہم نوٚن ژٕ بینہٕ جنازس منٛز
پینہٕ کتھن منٛز ونکھ منےٚ کیاز انکھ　ناوینہٕ میثون بٕرزبان آنکھ
نتھِہ کنہٕتھ نیری زٕہم جنازس ستی　زنتہ اکھ بیاکھ چھکھ جماتس ستی .....
دُوٚرِ رگ دود ژُوٚرِ تھاوُن چھےٚ　دِل ژنےٚ کُنہٕ پاٹھٕ آوراوُن چھےٚ
بار آسی دِلسَ ژنےٚ ییٚلہٕ باسان　قبرِ پیٹھ میثانہٕ آس اوٚش ہاران
سون سمکھُن عجب سراباہ اوس　آلواہ اوس زنتہٕ خاباہ اوس .....
نالہٕ مَتہٕ از زٕٹھُم لگے پاٗری　از کرٕمُم پلوٚر دِل وارٕی

تَنہٕ مےٚ وَژھہ تراوِژ چھےٚ جامن　　پھُٹھہٕ روزی ژٕے میأنۍ مٔنہٕ کامن .....
تا قیامت سمُن یہ ساتھ کُجا　　اُسی کُجا، تہٕ کُجا، یہ راتھ کُجا .....
شبِ وصالکُ ژٕ ازغنیمت زان　　پوشہٕ تٔنہٕ سیٖتی چیر تھاوُم پان
ژھایہٕ سَر تھاو زُلفہٕ شبہارس　　تھوَیہ رۄخسار سیٖتی رۄخسارس
بوسہٕ دی دی ژٕ وُٹھ مےٚ وُزناوکھ　　پھیش دی دی یہ تریش ہۄمراوکھ

۲

اُتھی اندر صبحدم گزل و ویکھ　　رنگ زردیاوتس ژندن رویکُ
سروِ نازس دِنن گیٖس یکبار　　گوس گمہٕ سٕران حال سَپدُس زار
وٹھ وُٹھن تام زٕلوگیٖس ننگلِتھ　　شانش کرنس تہٕ دِل تہٕ گوس رٕتھ
صرف وۄننم ژٕ رٕوزی زٕہم مےٚ گواہ　　پتہٕ پوٚرُن لاالٰہ اِلا اللہ

۳

موج پتہ پتہ دواں جنازس اُس　　زنتہٕ ژھینہٕ مژ سو تار سازس اُس
پاٗری لجُسےٚ بہ زو وندےٚ کوٗری　　وُچھمُ غارت مےٚ بیزباں حوٗری
دم کوٚرُتھ سر کھُٹتھ تھوٚوُتھ ہاٗری　　کیازِ ہاوِتھ ژٕے پیٚتر دم داٗری
خانہٕ موجی وُسیتھے کٔری زٕے　　ماجہٕ پننی ژٕ سر دِلک وُذی زٕے
پانہٕ دژایکھ ژٕ مَرِ جواٗنی منٛز　　تراوتھس کَس بہٕ ناتواٗنی منٛز
چشمہٕ بلحرٕ مےٚ چھم درس کوٗری　　ژونگ ژھپو روو تھم گرس کوٗری .....
چون کھاندَر ہیوٚکُم نہٕ اُنٛزراوِتھ　　کیازِ ژٕجِہم ژٕ اَڑ وتی تراوتھ
سۄر سپدُم مےٚ نوٗر زانپانن　　دُشمنی ہاوِنم مےٚ آسمانَن

۴

بے خودی منٛز وچھم سو خابس منٛز　　ناگ نُنٛز دڑاےٚ زن سرابس منٛز

چھُس بٔہ تھَلہِ تھَلہِ وچھان تمس گرٛاین        نظرِ تس نالہٕ مُتی کران ژھاین
آیہ برونہہ کُن مےٚ چشمہٕ تنٛز کراُوِتھ        ڈرٛایہِ تمیٚ شنٛز نظرِ مےٚ کترٛاوِتھ
میاٚنی وصیت ژٕ ے کیاہ زِ مشراوِتھ        کتھ سا بیٚیہٕ میاٚنی کتھ ژٕے منساوِتھ

کیا سا بی اوسہٕ قول اَسہٕ باہم        زہر پیالاہ ژٕ ے نیوٗتھ چیتھ یکدم
جان گوسأری سے ژٕ ے ہیش دِنتھُ        رُت ژٕ ے باسیوے بی تہٕ جان گوٚرتھُ"
بس پہٕ باوتھ کرٕن تہٕ گیہٕ روپوش        اُچھ مےٚ مُژٕرم تہٕ آم یکدم ہوش
گومےٚ زہرک اثر ختم یکبار        ژٕ کرامتھ پیٚنزٕ تہٕ گوس ہُشیار

۵

جاےِ عبرت سراےِ فأنی زان        موٗرِ دِ مرگِ ناگہأنی زان
صُبحدم جانوار خوش اِلحان        چھی پران کُلُ مَنْ عَلَیْھَا فَان

رحمٰن راہی

۲۶ مے ۱۹۹۶ء

# در رہِ سیلِ بہار

سبزہ ما در عدم تشنۂ برق بلاست
در رہِ سیلِ بہار شرحِ زمیدن دہیم
(غالبؔ)

شیرین، زُلیخا، نوش لب، ناز مست، زین العرب، ہی مال، گلنور بیتر چھےٚ کاشرِ مثنوین منٛز یِمہٕ سانہِ اجتماعی یادٕ وترٛینک اژھین رٕچھہٕ بنیمژٕ تہٕ دہ ژی سپدٕ اُتھ جماعتس منٛز بیٚیس حسین کردارٕ سُنٛد ہُرہٕ ہر۔ یہ چھےٚ ماہ جبین۔ یہ چھےٚ یمن سارِنے ہندی پاٹھی جانان کم تہٕ تصورٕ جاناں زیادٕ، آدم زادن ہندی پاٹھی جذبن تہٕ احساسن واقف مگر آدم زادن ہُنٛد پیکر نہ تھاوِتھ گلِ رُخ، گل بدن تہٕ گلِ اندام نمی اُڈرٕ نہٕ بنیمژٕ یمہِ ستی سائنی خاب چھہٕ بنیمتی۔ یمن سارِنے ہنٛدی پاٹھی دلیلہِ منٛز یمتھ اَسہٕ پرن والین ہنٛز وہی بدلوُن سوہٕ وُن دُنیا ترأوِتھ سہٕ لافانی پوشہٕ وُن دنیا پژاوٕنژ دعوت دِوان۔ یِیتہٕ سو ہمیشہٕ ہمیشہٕ حسین روزہٕ تہٕ تمُی ہندِ خاطرٕ تمیٚ سندِس عاشقہٕ سُنٛد محبت زانہہٕ تہٕ سورِ نہٕ۔ سو چھےٚ پہندی پاٹھی ترٛتھ ابدی زُنی یوسہٕ مردس خاکی وجوٗد ترأوِتھ فلک نشین سپدنٕچ دعوت پھِری پھِری چھےٚ دِوان؛

THE ETERNAL FEMININE BECKONS US UPWARD (گوئٹے: فاسٹ)

پہنٛدی پاٹھی رٕتھ ماز بجایہ کُنہ غار فانی مواد چ بنیمژٕ سو چھےٚ ترٛتھ کانٛہہ زنانہٕ یوسہٕ سامنہٕ ییہ بلکہ یُس پوٗز شوٗبہٕ۔ اکھ برہمہ، اکھ شہ، اکھ یاد، اکھ فلکی وجوٗد، صرف پرٛینُنٕ تہٕ شوٗنٛدٕ۔ مگر ییٚتہٕ ہشرن تھاوِتھ تہٕ چھےٚ ماہ جبین یمن سارِنے ماری منٛزن نشہِ بیوٗن تہٕ بدٕ ژن۔ سو چھےٚ اکھ سکوٗنت تہٕ ولدیت تھاوان تہٕ سو چھےٚ تتھی محلس منٛز روزان اُسمٕ ییتہٕ تمہ سُنٛد خالق شاعر روزان اوس۔ سو چھےٚ اَکِس تاجرٕ سنٛز کوٗر۔ تَس چھُ تمیٚ سُنٛدُے لول پھوٗرمُت یُس تمُی ہنٛز دلیل لوٗزناوان چھُ۔ تَس چھُ اکِس مخصوٗص زمانہٕ کِس مخصوص

سماجس سِتّی مقابلہٕ کرُن ہیوان تہٕ اَتھی مقابلس منٛز چھے فنا سپدان۔ سو چھےٚ اکہِ مخصوٗص مُلکُک مخصوٗص کلچر چ نمایندٕ۔ یوہے زمانٕی تہٕ مکانٕی وجوٗد چھُ تس داستانوی اَدبچ با تھٕے زنانہٕ کردارو نِشہِ مختلف بناوان۔

ازیُلہِ ییتھ کٲشرِ منٛز اکہِ پاسہٕ جدیدیتھ پتہٕ پتہٕ پَس جدیدیت تہٕ بحثن منٛز لوان چھےٚ بییہِ پاسہٕ چھِ وُنہِ تہٕ زندگی نِشہِ دوٗر، مافوق الفطری تہٕ دیو مالأیی کردارن لاگتھ تفریحُک سامانہٕ ژھارنہٕ یوان، فاروق نازکی چھُ مثنوی لیکھتھ کٲشرس اَدبس بند قلابہٕ منٛز آزاد کٔرِتھ واش کڈنُک نوٚو جہار تلاش کران تہٕ سِتّی ماہ جبینہٕ ہُند زِندٕ فطری کردار ژأرتھ اہم تبدیلی ہُند آغاز کران۔ مثنوی ماہ جبین چھےٚ واضح ثبوٗت کٲشرِ شاعری ہندس افسانوی صِنفس چھےٚ اکوہمہٕ صدی منٛز تہٕ زبردست اہمیت۔

آخر یہٕ ماہ جبین کوٚسہٕ چھےٚ؟ ظٲہر چھُ زِ تمیٚ ہُنز ذات زنانس منٛز گژھن نہٕ تم معیار نظرِ تل روزٕنۍ یم معیار روایتی اسطوٗری مثنوین ہنٛز ہیرابہٕ زنانس منٛز روزٕنۍ گژھن۔ سو چھےٚ پننہٕ سماجی رِشتہٕ کنۍ پننہٕ ہو جذبٔو کنۍ تہٕ پننہٕ وطیرٕ کنۍ اکھ فطری کردار ییمہٕ کنۍ تسنٛز دلیل لوٗکن منٛز زیادٕ مقبوٗل سپٕز۔ تمیٚ سُند گدرُن چھُ اَکس زِندٕ کردارٕ سُند تہٕ تمیٚ سُند نفسیأتی وطیرٕ چھُ فطری۔ دراصل چھےٚ ماہ جبین ترٛیژھِ اَکس کورِ ہنٛز کتھ یوسہٕ وأنسہِ ہندِس تتھ مرحلس پیٹھ واتان چھےٚ ییتین اکِ طرفہٕ شری لأزی ہنٛز بےٚ پھِکرِی تہٕ لاپروٲیی چھےٚ تہٕ بییہِ طرفہٕ کھسہٕ وِنہٕ یاوٕنچ تیٚہہ تہٕ بےقرأری چھےٚ، سو چھےٚ تتھس مردٕ سُندِس تلاشس منٛز آیہٕ کٔرِتھ ییمیٚ ہنٛزن زور ورنہٕ منٛز سو زندگیہٕ ہنٛزن لُہرن سِتّی بییرِتھ ہیکہِ تہٕ پننُو پان سو کھہٕ سود ژینتھ ہیکہِ، ییمہٕ سُند ٹاٹھنباہ ہنٛز و نظرٕ سِتّی سو کوٗرٕ اَستھ تہٕ دلوی آکار ہیکہِ بیرٕ اَونتھ، ییمہٕ سنٛز کوٚمہِ منٛز پننین تمن نسوأنۍ کمزورین پننُو قوت ہیکہِ بنأوِتھ یمن ہُند تس تازٕ تازٕ احساس چھُ آسان گومُت۔ تمیٚ سُند آسُن چھُ تیٚلی مستند باسان ییلہِ سو پان پارٕ اَوِتھ مردٕ ہنٛزِ نظرِ منٛز قبوٗل حاصل کران چھےٚ۔ اَچھِ دارِ ہش پارٕ اَوِتھ روٗزِتھ تہٕ پننُو بدن آیُت تھاوُنس منٛزے چھےٚ تس پننۍ کامرأنی باسان۔ اَمہِ وأنسہِ ہنٛز نفسیأتی کیفیژ ہنٛز پٔز پأری زان ہیکہِ نہٕ سایمن ڈی بیوار نہٕ کھوتہٕ بییہِ کانٛہہ کٔرِتھ:

FOR THE YOUNG GIRL, EROTIC TRANSCENDENCE
CONSISTS IN BECOMING PREY IN ORDER TO GAIN HER
ENDS. SHE BECOMES AN OBJECT, AND SHE SEES

HERSELF AS OBJECT; SHE DISCOVERS THIS NEW ASPECT OF HER BEING WITH SURPRISE: IT SEEMS TO HER THAT SHE HAS BEEN DOUBLED; INSTEAD OF COINCIDING EXACTLY WITH HERSELF, SHE NOW BEGINS TO EXIST OUTSIDE.

(SIMON DE BEAUVOIR: THE SECOND SEX. P. 361)

دم غنیمت پچھُ سپنہٕ مُژراُوِتھ
پوشہِ تتَنہِ میانہٕ سپتی تنَ تھاٴوِتھ
نالہٕمتہٕ از رٕٹمُ لگےَ پاٴری
از کرُم پوٗرِ پوٗر دِلداٴری
تتَنہِ مےٚ وژھہٕ تراوِمُژ چھےَ جامن
یُتھنہٕ روزی ژٕنے میاٴنی منہٕ کامن
پوٗرٕ پاٴٹھِن ژٕ کڈٕ دِلکی ہاوَس
چانہِ باپتھ ئہٕ از لجُس داوَس
تاقیامت سَمُن یہٕ ساتھ کُجا
اُسی کُجا توٚہی کُجا یہ راتھ کُجا
نالہٕ مَتہٕ از رٕٹمُ مےٚ جانانےَ
آیتھَ از ئہٕ سورِ سامانےَ
کڈٕ تہٕ ارمان از دِلکی ساٴری
تراو اَز غم ملالہٕ بے زاٴری

ماہ جبین چھےٚ نٕم بالغ تہٕ سو چھےَ پان پزٕریہٕ تہٕ کامہٕ منتھہِ منٛزٕ باگ ہینہٕ آمژٕ۔ تمہِ ہنٛز نرگسی ترابے چھےٚ تس جنسی وصلہٕ پتہٕ موکلان تہٕ سو چھےٚ عاشقہٕ ہندِس خراجس منٛزٕ پنٕن دلوٕیہ رٕچھ زیادٕ نوٚن کڈُن یژھان۔ ماہ جبین چھےٚ مرنہٕ پتہٕ تہٕ ہنٛس عاشقہٕ سندِس منٛس منٛز عقیدت منٛدٕ

ہِنٛز شرٕدَھا کانٛھان ۔ سُہ روزِ تس پٔوزان تہٕ سوٚہ آسِس توٗرٕ سوٚکھ تہٕ قرار بخشان :

بار آسی دِلس ژٕنٛے ییلہِ باسان
قبرٕ پیٹھ مِیانہِ آس اوٚش ہاران
یاد آسمُ کران مےٚ اوٚش ہارِتھ
قبرٕ پیٹھ مِیانہِ پانہٕ لَر ترأوِتھ
پوٚشہٕ ییلہِ قبرٕ پیٹھ مےٚ زانہہ ترأوکھ
قبرٕ منٛز زنتہٕ دِل مےٚ پھوٚلرأوکھ

لیٚہٰذا چھےٚ تس تِتھے پأٹھی دعوت دوان یِتھہٕ پأٹھی حبہٕ خوتون چھےٚ پننِس عاشقس دوان :
"بہٕ چھسے نیامَت ژٕ چھکھ مہانےٚ، چھا ومیأنی دانےٚ پوش"

چیپہٕ تھاوُم رٕژِتھ مےٚ سینس سٟتی
تراو وۄنی لرِ ژٕ ماہ جبینس سٟتی
شبِ وِصالک ژٕ از غنیمت زان
پوشہٕ تَنہٕ سٟتی چیپہٕ تھاوُم پان
ژٕھایہٕ سرٕ تھاو زُلفہٕ شبھ جارس
تھوَ یہٕ رۄخسار سٟتی رۄخسارس
اَکوَ اکھ اَکِس وۄل سرٕ پادَن
ازلہٕ اَبدس مےٚ چأنی چھم لادَن

سوٚ چھےٚ یِتھہٕ پأٹھی تمٕ سے لولہٕ منٛز ہِنٛد دوٚیِم پہٕچھ یوٚسہٕ رحمان ڈارنہٕ شش رنگ نظمہِ منٛز جِہتن مأرمُژ چھےٚ تمہٕ سرّی شوٚقٕچ باوتھ بنان یُس ازلہٕ پیٹھہٕ ابد تام تکمیل پرٛاونک شوق ہرجاہ تہٕ جأری تہٕ سأری چھُ۔ ہِہِ ہرٕ ژٕ منٛز چھُ یوٚہے شوق تِنٛزِ رٕسِ یِتھ مجازچ باوتھ پرٛاوان۔ ST. THERESA نام وُچھ وجدانچہٕ شِدَژ منٛز پنٕنہٕ پرٛاوُن اُتھ شکلہِ منٛز۔

THE ANGEL HELD A LONG GOLDEN DART IN HIS HANDS. FROM TIME TO TIME HE PLUNGED IT INTO MY HEART AND FORCED IT INTO MY ENTRAILS. WHEN HE WITHDREW THE DART, IT WAS AS IF HE WERE GOING TO TEAR OUT MY ENTRAILS, AND IT LEFT ME ALL INFLAMED WITH LOVE DIVINE.

یہ چھُ مساکیزٕ (MASOCHISM) ہُندٕ انتہایُس نیم بلوغس منز کورِ پننہِ نرگیسِٹ پتہ نصیبس چھُ میلان ۔ عاشقہٕ ہندِ بایتھ پنُن پان عذابس منز تراوِنہٕ ستی تہٕ تمیُ ہندِ موکھہٕ نیستی پراوِنہٕ ستی چھےٚ یتھہِ پاٹھی پننس عاشقس پانس منزٕ ے لبان ۔ فناہس منزٕ ے چھُ تس بقا، بوزنہٕ یوان ۔ تہٕ ماہ جبین چھےٚ زہر کھیتھ اتھ نیم بلوغی خابس حقیقتس منز تبدیل کران ۔

ماہ جبیں مثنوی ہند عاشق چھا ڈان وان DON JUAN ۔ سُنٛد دوٚیم زنم کیٖنہٕ سٕہ چھُ پوٚزٕ عاشق یہ چھُ مثنوی سمجنس منز اکھ غا ٕرضروری سوال ۔ مثنوی ہنٛز ساٚرے دلچسپی چھےٚ پانہٕ مہ جبین ۔ یہ چھُ تمی سُنٛد حقیقت پسندانہ کردار زِ اتھ مثنوی آو گوڈٕ حارتھ تہٕ تنقیصہٕ سان وُچھنہٕ تکیازِ یہ اوسنہٕ کانہہٕ اسطوری کردار یتھ پرٕ ٲنٛز مثنوی نگار تمام ممکن طریقہٕ فحش انداز بیش ٲسی ہیکان کٔرِتھ تہٕ یتہٕ اوس وٕننہٕ یوان زِ یہ گومعرفت ۔ نوش لب ، گُل بکاولی ، گلنور ، گل دخت پری تہٕ اَمہِ قبیلہٕ چن سارِنے اپسراین ہُند سراپا اوس تالہِ پیٹھ کھور ٹینٛڈ ٕ ن تام ہنہٕ ہنہٕ ولستاہ سان دِنہٕ یوان تہٕ الماس تہٕ دُرٕ ناسُفتہٕ ہوی لفظ ورتاوِتھ اُس ماسٹربیشن کرنہٕ یوان مگر تہٕ سورُے اوس جا ٕیز تکیازِ کتھ اُس آسان بالافطری اپسراین ہٕنٛز ، مگر ماہ جبین اُس اکہِ پزٕ ملکہٕ مخصوص شہر کہِ مخصوص گرٕ چ مخصوص زنٛدٕ کوٗر ، تس ستی ہیکہٕ ہن نہٕ پاسدارانہٕ اخلاق کانٛہہ تُرٕ دہ کتھ برداش کٔرِتھ یتھ لارنس "گندٕ لوکٕٹ سر (DIRTY LITTLE SECRET) چھُ وَنان ۔ مولانا حالی چھُ اتھ مثنوی خلافِ تہذیب ہوس کاٗری ہُند دفتر ونان تہٕ عبدالماجد دریابادی سُنٛد خیال چھُ زِ زہرِ عشق لیکھتھ کٔر مرزا شوقن بدنام تہٕ بے حیا شاعرٕ آسنٕچ شہرت حاصِل تکیازِ اتھ منز چھےٚ عُریانٕی شرم ناک حدس تام ۔ مگر دراصل ٲسی نہٕ تم اصل فحاشی یا PORNOGRAPHY تہٕ صحت مند جنسی موضوع و اُلس ادبس درمیان فرق زانٕنہٕ تھے ہیکان ۔

" PORNOGRAPHY IS THE ATTEMPT TO INSULT SEX, بقول ڈی ایچ لارنس

TO DIRT ON IT, THIS IS UNPARDONABLE" ییٚلہِ زن تخلیقی ادبس منٛز جنٕسی جذبہٕ اکھ شوٗژ فطری جذبہٕ رٔنگی پیش کرنہٕ چھُ یوان ییتھ منٛز مقصد چھُنہٕ آسان اِنسانی جسمٕچ تذلیل، بلکہِ امکہِ حُسنٕچ تہٕ فطرژ ہنٛز باوتھ۔ سستہٕ فحش یا جنس زٕد ناولن تہٕ ماپاسان یا ڈی ایچ لارنس ہٕنٛن ناولن/افسانن درمیان چھےٚ سوٗے فرق یوٚسہٕ "دو دیوانے" ہٕشہِ بلوٗ فلمہِ منٛز برہنہٕ جسمن تہٕ سوٗمِ سوٗٹ لاگتھ اتھلیٹ کورن ہندِ بِن برہنہٕ جسمن درمیان چھےٚ۔ ہٕیہٕ چھےٚ بیمارٕہٕ ہنٛز ترجمانی تہٕ یہٕ چھےٚ صحتٕچ تہٕ زندگی ہنٛز۔ تم یم نہٕ "گندہٕ لوکٹہِ رسرٕچ" کتھہٕ برداشت چھِ ہیکان کٔرِتھ تہٕ اتھ چھُ ؤرن کٔرِتھ تھاوُن یژھان چھِ جنس زدٕگی ہندی شکار۔ نہٕ تم بوہیمین BOHEMIAN تہٕ یم اَزکل جنٕسی ماملن منٛز لاپرواہ چھِ، چھِ اَمی بیمارٕ ہندی شکار تہٕ امہِ نبسر چھینہٕ نیرُن یژھان۔ اتھ چھُ لارنس بجا پأٹھۍ THE VICIOUS CIRCLE

OF MASTERBATION-SELF-ENCLOSURE ؤنان۔ ماہ جبینہٕ ہٕنٛدِ ہنٛس عاشقس نِش یُن تہٕ ہنٛنہٕ لولُک اِظہار کرُن چھُ تیوٗتے فطری یُتھ پوشن منٛز لچھن ہیٚتھ مانچھرٕ آسُن چھُ۔ وصلٕچ تہٕ جُدٲیی ہنٛز کتھ چھےٚ نہایت فنکارانہٕ اندازٕ پیش کرنہٕ آمٕژ تہٕ اتھ منٛز چھےٚ مثنوی ہنٛز بیٚشتر دلچسپی۔

وداع ووصل جُداگانہ لذّتی دارد

ہزار بار برو، صدہزار بار بیا (غالبؔ)

مگر وداع تہٕ وصلٕچ دلیل چھےٚ مثنوی منٛز سیٚٹھا موختصر۔ تنگ نظر سماجک جبر چھُ اتھ مکمل سپدِتھ پرانٕہٕ برونٛہٕ ٹھےٚ موتُک سزا دِتھ شاعرن ہندِ خاطرٕ لافانی بناوان۔

مرزا شوقنٕہٕ مثنوی زہرِ عشق یُرِتھ چھُ قدیم لکھنو یاد پیوان ییٚلہِ کھُلہٕ نیلس نبس تل یٕلہٕ مکانہٕ پشن پیٹھ، پُر رونق کوچن تہٕ بازرن منٛز لوٗکہٕ نظرو ژورِ عاشقن تہٕ معشوقن ہندی لولہٕ ہٕتی دِل بے قرار اُسی آسان تہٕ ہرطرفہٕ شاعرن ہُنٛد راج تاج اوس۔ مگر امیُک کاشُر ترجمہٕ چھُ اَتھ المناک لولہٕ کتھہِ نوٚو موقہٕ محل دِتھ کشیٖرِ ہُنٛد سُہ زمانہٕ یاد پاوان ییٚلہِ سیٚوٗد سادٕ تہٕ خوشحال گامن تہٕ شہرن منٛز عشق لوٗکہٕ مَتہٕ کٕرِ عتابہٕ نِشہٕ بچنہٕ موکھہٕ ژوٗرِ ژھیٚپہِ میٹھان اوس۔ ییٚلہِ عشق اکھ شوٗد تہٕ شوٗژ جذبہٕ اوس یتھ منٛز نہٕ کُنہٕ تہٕ مالی مصلحژ ہٕنٛد دخل اوس۔ مثنوی "ماہ جبین" چھےٚ پوٗرٕ پأٹھۍ کاشرادنہٕ آمٕژ۔ اَمٕچ زبان، اَمٕچ جذبات نگاری، منظر کشی،

امیٚنگ سورُے ETHOS چھُ کأشُر۔
کأشر ماہ جبین چھےٚ گوڈنکہِ لفظہِ پیٹھہٕ اٰخری لفظس تام آبشارٕ روأنی سان پکان زَنتہٕ یہ پأنٕ پانے لیکھنہٕ چھےٚ یوان۔ باسان چھُ یہ لوکٹ موکٹ مثنوی چھےٚ کنُہ اکی دوہہ لیکھنہٕ آمٕژ یَلہٕ زن سہٕ دوہ صبحہٕ پیٹھہٕ شام تام شاعرٕ سندِس ذہنس منٛز اکٲے شدّید ارتکأزی کیفیت طأری کٔرِتھ چھُ روٗدمُت تہٕ ماہ جبینہٕ ہنٛزٕ تہٕ تمہِ سندِس عاشقہٕ سنٛز ہاوسناک مگر المناک لولہِ کتھ تمہٕ سنٛزِ شخصیژ ہنٛزٕ پوٗرٕ پوٗرٕ ترجمان چھےٚ بنیمژٕ تہٕ اچھِ شدژ کنہِ چھُ سہٕ پننہٕ زبأنی تأثین کرِتھ ہیوکمُت۔

| | |
|---|---|
| اوس پژرِتھ طرفہٕ تس خدا یوٚژمُت | دٕے گژھِتھ اوسُس پھرِتھ ژھُنمت |
| ماہ جبین ناو اُس تس اکھ کوٗر | اَنہٕرِش اُس باحیا مستوٗر |
| لولہٕ باغس سو یادیٚنچ تنمُر اُس | پوشہٕ لنجہِ پیٹھ سو بولہٕ وٕنٛژر اُس |
| کتھ سو کرِہے تہٕ اُسی پوش ہران | گرأے دیہہے تہٕ اُسی ہوش ڈلان |
| عالمس منٛز سو بے مِثالاہ اُس | خوش گلو اُس خوش جمالاہ اُس |
| یاوٕنچ تیہہ سو اُس آفت اُس | موختصر زان اکھ قیامت اُس |
| لاگِ ہے یی تمِس تہٕ شوٗبان اوس | جامہٕ ژٕٹُ ژٕٹُ شباب پرٕیڈان اوس |
| گٕرِ گرس زن سو اُس لسیٚنج اُش | مأل منٛدرٕژ تہٕ ماجہِ چشمن گاش |

بحرِ خفیفُک "فاعلاتن، مفاعلن، فعلن" وزن چھُ نظمہِ آہنٛگ ہیٚش روأنی دِوان تہٕ مناسب تہٕ موزوٗن لفظ چھہِ پأنٕ پانے اکھ اَکس پتہٕ جاے رٹان۔
واتھِک پوٚت منظر تہٕ سماجی رشتن تہٕ قدرن ہنٛد کأشر پہچ چھُ سأری سے بیانہس منٛز محسوٗس سپدان تہٕ خالے کنہٕ جایہ چھُ یاد روزان زِ یہ دلیل چھےٚ کٔشیر دوٗر گرم مأدأنی علاقہٕ کِس لکھنو شہرس منٛز ازٕ برونٛہہ ڈوڈ ہتھ ؤری پٔتھی بنیمژ۔ کأشرِس ترجمس منٛز چھُ مثنوی ہنٛدِ پرِتھ کنہٕ شعرُک احترام، مگر فضا آفرینی ہنٛد مُدعا نظرِ تل تھاوِتھ چھُ تشبیہن، استعارن، تشبیہن تہٕ محاورن منٛز کٔشیر ہنٛد پوٚت منظر وَوتلان۔ چونکہ مثنوی چھےٚ بیانیہ صنف، امیٚنگ ترجمہ کرنہٕ وِزِ چھُنہٕ ضروٗری لفظ بہ لفظ ترجمہ کرُن بلکہ

چھُ لازمی واقعہٕ ساخت، بیانُک کلہم رفتار یا TEMPO کردارن ہُنز انفرادی نقطہٕ نظر تہٕ تہنز نفسیأتی شناخت۔ کأشُر مثنوی ماہ جبین چھےٚ امہِ لحاظہٕ مثنوی زہرِ عشقُک نہایت کامیاب ترجمہٕ تہٕ سیتی اکھ ٹُو کأشُر مثنوی۔

| کأشُر | اردو |
| --- | --- |
| چھا بشر کانہہ یمِس نہ لول پھران | عشق سے کون ہے بشر خالی |
| یے گرن ہندی گرےٚ چھُ فان کران | کردیئے اس نے گھر کے گھر خالی |
| لول گو نار منشزاتھس ژالُن | پڑتے ہیں اسمیں جان کے لالے |
| لول گو آب پربتس کھالُن | ڈالتا ہے جگر میں تبخالے |
| کم زوٗل مالہِ دژایہٕ دَر بازار | جو کہ واقف تھے ان قرینوں سے |
| ضایہٕ گےٚ کم گندرتہٕ دل ہشیار | خاک چھنواتی سب حسینوں سے |
| لول پھلوا کران چھُ شہزادن | اس سے اُمید رکھنا ہے بے جا |
| جان دیاوان فریبہٕ فرہادن | بھائی مجنون سے کیا سلوک کیا |
| مسولن یاونس کران تہراج | منہ سے کرتے نہ دی فغاں اسنے |
| زندگأنی ہیوان جوانَے باج | مارے چن چن کے نوجواں اسنے |
| موٚہر چھلہِ یُس تہٕ کرہٕ لولس دژاد | اس نے جس سے ذرا تپاک کیا |
| یورِ گو تورِ ماسہ پھپرتھ آد | سب سے پہلے اسے ہلاک کیا |
| دود ہجرُک بنان چھُ ہول لگےٚ | آتشِ ہجر سے رُلاتا ہے |
| نار آبس دِوان چھُ لول لگےٚ | آگ پانی میں یہ لگاتا ہے |
| شہر گرِ بار ترأوی خوشحالو | مار ڈالا تماش بینوں کو |
| زہر کھیتھ جان دیت زول مالو | زہر کھلوا دیا حسینوں کو |

بس یہں ڈالے نہ کبریا اسکے | سَہل کتھ ماچھے لول وِتراوُن
رحم دل یہں نہیں ذرا اسکے | وُہی پہ بے عار گوژھنہ کاٗنسہ پھرُن

اردو مثنوی منز چھے ماہ جبین بامس پیٹھ وِہسن سیتی دراہڑ، کاٗشرِ مثنوی منز چھے سوٗ آنہٕ ڈبہٕ پیٹھ نیران :۔

سامنے وہ کھڑی تھی ماہِ منیر | اوبہ پھل ژنڈر ماہ جبیں پژزلان
چپ کھڑا تھا میں صورتِ تصویر | یوہ اوسس بہٕ آنہٕ زن حاٗران

نظرن ہُنٛد میٗل چھُ یتھہٕ کنٛز سپدان :۔

دیکھتا ان کو بار بار تھا میں | تَمہٕ نظر ترٛاو آسمانس کُن
محوِ حسنِ وجمالِ یار تھا میں | آے تہرس سپُد نِشانس کُن
گو میں رو کے ہوتے ہزار رہا | چشمہ تمہٕ بجُہ بیتھے مٕے کُن یامتھ
دل پہ لیکن نہ اختیار رہا | کامہٕ دیلون سُہ کار کوٗر تامتھ

امی اندازٕ چھُ کاٗشرس ترجمس منز اصل مثنوی ہُنٛد رُح قاٗیم تھاوَنہٕ آمُت مگر اَمیُک لسانی جسم چھُ کاٗشرِ مزاجٕ مطابق جایہ جایہ بدلاونہٕ آمُت ۔ کردارن ہنٛز شناخت زٲنِتھ کتھ باتھ ہنٛز زبان دِنس منز تہٕ چھُ کاٗشرِ مثنوِیہٕ پنُن الگ حُسن ۔ ڈرامٲیی اندازٕ چھِ امکی کردار اکھ اَکس سیتی کاٗشرِ آیہ کلام کران ۔ چونکہ امکی مکالمہ چھِ شاعرِیہٕ منز، امکی اصول چھِ حقیقت پسندانہ نثری ڈراماہٕ نِشہٕ بالکل مختلف ۔ اتھ چھِ پننۍ داخلی اصول۔

کاٗشرِ مثنوی منز چھُ خود ماہ جبینہٕ ہُنٛد کردار نہایت احتیاط سان وۄتلاونہٕ آمُت۔ حالانکہٕ سوٗ چھےٚ باغی لوٗچ یا ENFANT TERRIBLE مگر شاعر چھُ محتاط پاٗٹھۍ تمی سُنٛد واے کرُن پیش کران۔

چھُم مٕے باسان وۄذۍ ژٕرے چھےٚ آہڑ
کیاہ زونُتھ ژٕرے وان چھس دراہڑ

یُتھۍ زانکھ ئہ چھَس گمُژ نیرِتھ،
دارِ پیٹھ چھس توٗرے بہ رٮ۪وے شہرِتھ
گوکھ نیرِتھ ژٲلۍ مذاقس پیٹھ
عقل تھاوِتھ ژٕرے کیاز طاقس پیٹھ"
کیٛنژ کالاہ کوٗرُن یُتھے وِلوہار
پتہٕ مے بدلیو و قسمتھے یکبار
یِی وۄنُن تی مے آیتن تھوٗوُن
وعدٕ پولُن تہٕ دِل مے رنژنووُن
روز راتس مے نشہٕ سحر تامتھ
دِل ژھیوٗنم نیروُن وۄنُ یامتھ

کینژن ہُنٛد وَنُن چھُ زِ سو چھےٚ کہ ستام بازٲری لڑکی آسمٕژ، مگر تم چھِ مثنوی اندر تمۍ ہٕنزِ معصومیتٕچ، لوچرس تہٕ اُخرس تمۍ سُنٛد پننہِ غلطی ہُنٛد احساس تہٕ تمۍ ہٕنز جانبازی مشراوان۔ مثنوی ہُنٛد شنتھ ہیوٗ تجزیہ چھُ ہاوان زِ سو چھےٚ نادان پانٹھی لولس منز ییر گمژ تکیاز یہ چھُ تمۍ ہٕنزِ وٲنسہِ ہُنٛد تقاضہٕ تہٕ سماجی جبرُک نتیجہٕ۔ تمۍ ہٕنزِ کردارس منز موجوٗد لغزشن چھے اکھ آفاقی فطری تراے یتھ PSYCHASTHENIC ABERRATION وَنتھ ہیکو۔ مگر موتُک جام چیتھ چھےٚ سو پننہِ پاکبازی ہُنٛد ثبوٗت پیش کران۔ زنتہٕ حافظن ماہ جبینہِ ہٕنزِ خاطرٕ یہ شعر وۄنمُت چھُ:

کرا رسد کہ کنُد عیب دامنِ پاکت
کہ ہمچوٗ قطرہ کہ بر برگِ گُل چکد پاکی

یہ چھُ ماہ جبینہِ ہٕنزِ اَمی پاکدامنی ہُنٛد احساس زِ شاعر چھُ تمۍ ہٕنزِ جنازُک منظر انتہائی جذباتی اسلوبس منز پیش کران۔ کاشرس ترجمس منز چھےٚ مقامی رسمن ہُنٛد خیال تھوٗوِتھ تہٕ اصل

مثنوی ہٕنٛز شدّت تہٕ جذبل گژھہ مکمل پأٹھۍ منتقل سپٕز مٕژ:

بروٕنٹھ بروٕنٹھ اوس اکھ جلوٗسہٕ روان ۔۔۔ وہ ڈٔنی اۘسی زٕٹھۍ تہٕ کٕنسی پکان،

آسہٕ کینٛہہ ماجہ بیٚنہٕ جماعتس سٕتۍ ۔۔۔ لیل کراں آسہٕ تٕمہٕ جنازس سٕتۍ....

اُکھۍ اندر وٕچھ مےٚ مہ جبین پٕنٛنۍ ۔۔۔ وُچھ مےٚ چشموسہ نازنین پٕنٛنۍ

سہر اوسُس گنڈتھ زری تھانکُ ۔۔۔ سورٕ وُن سونتھ زن گلستانکُ

کھولمت اوسہٕ ہس گلُن انبار ۔۔۔ اوس اوٚند پوٚکھ ژھٹان مشکٕنٛز دار

دایہٕ ہیتھ درایہٕ بروٕنٹھ اسبند سوز ۔۔۔ اوس مہرٕینٛز جنازٕ کیا دِلدوز

اۘسی توبوٕد ہیتھ پکان تِتھ پأٹھۍ ۔۔۔ کہرٕ زانپانہٕ ہیتھ پکاں یِتھ پأٹھۍ

کأشرِس منٛز چھےٚ مرثیہ لِگاری ہٕنٛز قدیم رِلوایتھ مگر اُکس عام تہٕ حسین انسانہٕ سٕندِس مرنس پیٹھ نوحہٕ لیکھُن اوس نہ رواج ۔ ماہ جبینہٕ ہندِس جنازس پیٹھ لیُٛس ویلاکھ نامہٕ EPICEDIUM اتھ مثنوی منٛز شأمِل چھُ، سہٕ چھُ اکھ نمونہٕ زِ دوکھ تہٕ ماتمہٕ منٛزٕ کِتھہٕ پأٹھۍ ہیکہ جمال پادٕ سپدِتھ ۔

خاک میں ناموسِ پیمانِ محبّت مِل گئی
اٹھ گئی دنیا سے راہ و رسمِ یاری ہائے ہائے
گوشِ مہجورِ پیام و چشمِ محرومِ جمال
ایک دِل اُس پر یہ نا امیدواری ہائے ہائے ۔۔۔ (غالبؔ)

شفیع شوقؔ

# حمد

گوڈٕ پَرو حمدِ ربِ لا محدوٗد ــــ کیٚاز بس سُے چھُ جا بجا موجوٗد

سُے چھُ بَس سُے چھُ جاوِدانی زان ــــ تَس سِوٲے کُلُ مَنۡ عَلَیۡھَا فَانۡ

تَس نہٕ ہم شانہٕ کانٛہہ ندیم نہٕ کانٛہہ ــــ سٲری حادِث چھِ بَس قدیم نہٕ کانٛہہ



# نعت

کٔری زِ کیا مدحِ احمدِؐ مختار ⠀⠀ بٔری زِ کیتھ صُریہِ منز سۆدرٕ چھاوار

ذاتِ احمدؐ سٕہ کُس تہٕ کیا زانے ⠀⠀ یا علیؑ زانِہ یا خدا زانے



# مدَح

مدحِ مولا علیؑ چھما آسان     وِڈھ چھِہ لفظن ہوہ کھان تہٕ معنہِ ثبر ژھان

پزٕنہٕ پئژی کمؠ مقامِ حیدر زون     اُڈی وٕنان بَند چھِس اَڈ بوٕدَے موٕن



# لوٚلچ وَکھنَے

ییٚلہِ بِنا گوٚ یہٕ گُلشن اِیجاد    میوٚل پٔرتھ طرفہٕ پٔرتھ اکس اِمداد
پوشہٕ باغس اندر چھِ رنگ ژھٹان    نالہٕ زاری چھےٚ بُلبُلس شوٚبان
زوٗنہِ تارکھ جٔرِتھ تھوٗن نالس    اُچھ ہمبر زلہِ تہٕ داغ گُلِ لالس
کُکلہِ ہوٗنزوٗ رقد بلنٛد سروس    سوٚنبلس کاوی تےٚ پٔژنس موخطس
سنگدِلی منٛز گٔرِن صنم مشہوٗر    اُڈرَن آدمس چھےٚ لوٚلچ پوٗر
چھا بشر کانٛہہ یمِس نہٕ لول پھٔران    ییٚنہٕ گٔرن ہٕشدی گٔرےٚ چھُ فان کران
لول گوٚ نار منٛز اتھس ژالُن    لول گوٚ آب پٔریتس کھالُن

کَمَ مُزوَل مالِہ دژاپہِ دَر بازار — صناپہِ گیٔ کَم گنَدر تہِ دِل ہُشیار
لول پھلوا کران چُھ شہزادَن — جان دِیاواں فریبہٕ فرہادَن
مَسولن یاوُنس کران تھراج — زِندگانی ہیوان جوانن باج
موہر چھلہٕ یُس تہِ کرنہٕ لولَس ژاو — یورِ گو تورِ ماسہ پھیپرِتھ آو
دودہٕ ہجرُک بنان چُھ ہول لگے — نار آبَس دِوان چُھ لول لگے
شہرٕ گرٕ بار ترآوی خوشحالو — زہر کھیتھ جان دیُت زُول مالو
سہل کتھ ما چھے لول وترِاوُن — ؤہی پہ بے عار گوژھنہٕ کانسہ پھرُن

## کتھِ ہُند آغاز

بوز لوٕلچ ڈلیل از باوے — لول کتھِ کُنی پھران چُھ از ہاوے

اکھ حِکایَت وَنے بۄ ساٲدِروار　　　بوز دِل دِتھ تہٕ روز شب بیدار

اوس محلس اندرٕ گرٕ پنٕتی نسَ　　　تاٲچراہ اوس اکھ لبَسان تٔتی نسَ

شہُلُ ہمسایہٕ، رٔت تہٕ خوش اطوار　　　نیک سیرت، أمیر، نیکو کار

اوس پٔرتھ طرفٕ تس خدایوٗزمُت　　　دٔے گٔژِھتھ اوسنَس پھِرِتھ ژھُنمت

مہٕ جبین ناوٕ اُس تسَ اکھ کوٗر　　　اَنہٕرِ شس اُس باحیا مستوٗر

جورٕ اوُس نہٕ شکلِ اندر کانٛہہ　　　وا تہِیسے نہٕ حوٗر پیکر کانٛہہ

لولہٕ باغس سو یاوٕنٛچ تھٔر اُس　　　پوشہٕ لنٛجہِ پیٹھ سو بولہٕ وِنٛژٕر اُس

کتھ سو کرِ ہے تہٕ اُسی پوش ہران　　　گرٕلے دِی ہے تہٕ اُسی ہوش ڈلان

چشمِ بَد دوٗر چشمِ بادامَن　　　چشمِ آہوٕے چین لجٕ پامَن

فِکر اُسس یہِ ماجہِ بیچارے     اُچھ لگِنہٕ گژھہ نہٕ سانہٕ اَچھ دارے
عالمسَ منٛز سو بے مِثالا اُس     خوش گلو اُس، خوش جمالا اُس
اُس شہرَس اندر سرَس سایہٕ     کیا وَنےٚ زَنتہٕ نوش لب مہرِیہٕ
لیکھنہٕ پرَنک تہِ اوس شوق تمِس     شار وَننک تہ اوس ذوق تمِس
یادٕیٚچ تِہہٕ سو اُس، آفت اُس     مو مختصر زان اکھ قیامت اُس
لاگہِ ہے پِی تمِس تہِ شوٗبان اوس     جامہٕ ژُڈ ژُڈ شباب پرٛیڈان اوس
گرٕی گرَس زَن سو اُس لسِنہٕ آش     مُلی سُند زُو تہِ ماجہِ چشمَن گاش

اَکھ دوہ گو زِ تاپہٕ کرٛاے کرٕن     تاپھ کیانارٕ بسہٕ برٛاے کرٕن

اُتھی اَندر گو ژیُٹھا تہٕ نب چورُن    چار سوے زَنتہٕ گاشس ژٔوم وُون

رٔوٗد وولُن تہٕ نارٕ نَب شیٖتہلیٖوو    دزایہِ سونزل تہٕ آسمان وُہ شلیٖوو

أندرٕ بِہی بِہیٖ ئہٕ پسرٕ ہیٖو زَن آس    بے خیاؔلی اَندر ئہٕ ڈبہِ پیٹھ دزاس

یام ڈبہِ پیٹھ مےٚ اورٕ یور کوٚرُم    آستہٕ اَستےَ أندرٕی قرار لوٚبُم

اُتھی اَندر دارِ کِنہٕ نظر ترٛاوِم    اُتہٕ ڈبہِ پیٹھ سو مہ جبین ڈیٖٹھِم

سِتی کینژَن وسنَن سو مسوٚل اُس    شوقہٕ نظرَو وچھان سونزل اُس

ژایہِ وبسہٕ خوشی گفا کران واپسَ    دزایہِ کیا ہتاں سراں سراں واپسَ

اُخرس رٔوز ڈبہِ پیٹھن کُنہٕ زٕنی    رٔوسی کُٹ یَتھ وَنس وِوان زَن وُنہٕ

شاد گیہٕ قدرتک نَظارٕ وُچھِتھ    یِمبرزَل آیہِ زنتہٕ سو نتہٕ پھوٚلتھ

اوٕر پھَل ژٲندٕر مہ جبیں پرٕزلان — یوٕر اوسُس بۆ آنہ زَن حاران

اُتھی اَندر اوٕر یور وُچھنہٕ سوٗ لٲج — گٔنڈ خیالوَ منٛز تار کَن ہنٛزٕ رٲج

تَمہِ نظر ترٲو آسمانَس کُن — آے تیٚرس سَپدُ نِشانَس کُن

چٔشمہٕ تَمہِ تجہِ یِتھَے منٛز کُن یامَت — کامہٕ دِیون سُہ کار کوٗرتامَت

گوس بو دارِ رِکنز وُچھان مدہوش — بے خبر بے قرار، دَچھ بے ہوش

کیا وَنے کیا دِلَس منٛز حال سَپدُ — ہوش حِس ڈٲلی بنٛے سوٗد خیال سَپدُ

کوٗرنہٕ اَسہِ یوٗد کلام فی مابین — رٗوح دوشوٕنی مگر سپدٕ بے چین

تیٚر لولُک ٲنتھ منٛز گوَ سینَس — تاپھ پورٲیو ژِھترکِس شینَس

اوٕر اُس مہ جبیں مُدَے چارِتھ — یوٕر اوسُس وُچھان بۆ دِل ہارِتھ

چشمہٕ پھِرِ پھِری وُچھانۍ اوسُس تَس     ژٲرے تَمۍ ہٕشرِ وچھتھ بۍ اوسُس مَس

ڈَنجہِ سوٗدُم ہٕ دِلٕ قرارٕ رووٗ     اَستہ اَستےَ مےٚ یخِتیارٕے رووٗ

اَکھۍ اندر لوٗس دہہ تہٕ سپدٕ شام     داے آیس تہٕ بوٗونس پاغام

کوٗرہ ما شوٗبہِ دارِ پیٹھ کُنۍ زٕنۍ     موج بوہٕ چھے دِوان ژھاینَ وٕنۍ

لالہِ رویس زُلف کران چھی ٹھوٚر     نوٗر وظُلمات اکھ اَکِس لرِ لوٚر

ہِہُن خلو کھ پزیا بگاہ وَقتس     دایہِ کیا ساہٕ پاٹھۍ کتھ وٕنۍ نَس

ماجہِ ہٕشرِ شیٚچھ وَضاحتَ بوٗزٕن     ڈال دِتھ وٗڑھ تہٕ دأر دِتھ تھاوٕن

یام اَندر سو ژایہِ اَنہِ گوٚٹ گوَ     زَنتہٕ چیٚنہٕ روٚس مےٚ پیالہِ اَتھِ منزٕ پیوٚ

تھاوےٚ تہِ دأر دِتھ تہٕ اندر ژاس     ژاس کیا دَپھ دِلَس وٚوتھُم تَلواس

شامہٕ پتہٕ صُبح تام زَن مٲری مٲری  رات دژایم خدا خدا کٲری کٲری

لول تمیٚ سُند دِلَس منٛے پھوٚر نوسوٚر  ووٚنی مےٚ شوٚکھٹَس چھُ بَس یوہے دستوٗر

دارِ پیٹھ وٲنی دِوان تمِس روزُن  صُبح تا شام درشَنَس پیارُن

پیٚلہِ ہٕنہٕ چھمَ مہٕ جبین درِ پیٹھ گژھان  خوٗن چشموٚ بہٕ روٗد چھُس ہاران

دِل تمِس پتھ منٛے چھُم گوٚمُت پھلوا  ووٚنی مُقدّرمےٚ چھُم فقط ٲدی را

لول تمیٚ سُند منٛے گوَ دِلس سنٛز سنٛز  رنگ رویَس منٛے زنتہٕ پیوٚ چھٕنٛز چھٕنٛز

رائے کسَ روٗزترژھ مےٚ حالتھ اُس  زنتہٕ شوٚکھٹَس سخت علالتھ اُس

لولہِ نارَن کوٚرُس سیٹھا دِل تنگ  زبوٚ منٛے ہنٛز گلِتھ گیٚمَ تہٕ گوس دبنگ

تیٚمُتھ منٛے اوسمَ دِلَس وُناٚریوان  کلہٕ بہٕ اوسُس برن لبن ٹھاسان

اوس أندری مےٚ غم تُشُند کُوران   چشمہٕ زَن ناگہٕ راد آسی وُزان

دُآدی زَن یارٕ پشٕندی ہکتھ نٕیٛنَم   ناوہ میدی دِژٕن ہٕتہٕ تھ نٕیٛنَم

یار بیگانہٕ أسس حأرانے   زَنتہٕ أہم نہٕ پٔرٕز ناوانے

حال وُچھ مأٹی ماجہِ یامَت میٛوٗن   ؤہی بچارِن لوٗگگھ أچھَن زن گرِیوٗن

ماجہِ پٔرٕژ ژھنَم یہِ کُس مٔژر براد یوٚے   وَن مےٚ پوٚز پوٚز کُسند وُخیال سینیوٚے

شعلہٕ رویَس کُمُس ژٕ چھکھ پٔراران   شمع اوٚش ہأری ہأری چھکھ وِگلان

رنگ رویَس ژےٚ ارغوٲنی گوٚے   سوٚر کتھ پیٹھ ژےٚ نوجوٲنی گوے

چھک ژٕ کَس پَتھ مَران وَنم پوٚز پوٚز   لول کَس چھکھ بَران وَنم پوٚز پوٚز

وَن سہ کمہِ مہ جبینہٕ دِل نیوٚنے   وَن سہ کمہِ نازنینہٕ دِل نیوٚنے

کھین تہٕ چن گوٚے مُشتھ یِہ کیاروٗے    داغ کٔمۍ ظالِمَن دِلَس تھووٗے

وَنتہٕ کمہِ ؤترٕ کھورِ دِل نیوٗنَے    پوٚترٕ گاشو ہُتھ ژٔے شِل نیوٗنے

یُس مے کُٹھراوِ پوٚترٕ گاشَس پان    بٔے سُہ سَتہِ لَٹہِ کرن تٔمِس قربان

آیتَن زُو تھوٚووٗے مے تیتھ جانَس    کیازِ گیوٚند گیوٚند کوٚرتھ ژٔے تتھ جانَس

چانہِ موکھہٕ دَشہِ گنجم مے استانے    پوٚترٕ لوگُتھ ژٔے کیازِ دیوانے

نالہٕ دی دی مے ازخدا مۆنگمکھ    خاب زانٕتھ اُچھَن اندر رٔونگمکھ

شوٚ ٹھہِ بجُرَس اندر ژھُنُتھ تاوَن    حال وُچھ وُچھ بٔہ چون چھُس اوَن

کیازِ با گوٚے مُشتھ پَزر کیا گو    شام کتھ ناوِ ہو سحَر کیا گو

چھم رچھِن دگ دِلَس تلان ؤراگ    کیازِ جِگرس تھوٚوتھ مے لولُک داغ

واتہٕ نوٗ وُکھ مےٚ یوٗت کیا گرٕی گرٕی
نوَجوانی گیَم مےٚ دوہ بۄرٕی بۄرٕی

آستانن رِوان ڈُوان آسس
زوٗل بو مسجِدَن کران آسس

شُکر لِللہ وۄنی جوان گوہم
پانہٕ خوٗد دژاکھ بدَگمُان گوہم

شان پرورد گارٕ سُنٛد تھوٚد شان
چھک ژٕ پانے کرَان پانَس فان

اوٚہسم گاش بخت بیدارٕک
کیازِ پوٚترو ژٕ دژاکھ پرَدارُک

نالہٕ مُتی چھی کران ژٕنے اَسی ژھاینَ
کیازِ لوگتھ ژٕنے دِل وۄپرَ جاینَ

چانہِ موکھ چھسَ ہٕ خوٗنِ دِل ہاران
ماجِہ ہُنٛد چھُے ہٕ پوتر آر لِوان

گوکھ پھلوآے کیازِ وۄپرَن سَتھ
ماجِ وۄدی وۄدی گئی ژٕنے پَرِ حالتھ

پوتُر لاگیم شہرَ مےٚ کرِ سوٗنچُم
روزِ بدَ چھُم وُچھُن مےٚ کرِ زونُم

حال چونے بہ چھس وچھان پوٗترو     خوٗن نارن نے چھم ہو کھان پوٗترو
یتھۍ یاوٗن پنن خراب کرکھ     ماجہ ماٲلس گُڈر عذاب کرکھ
حالِ دِل باوٕ کینہہ مہ تھاوٕ کھٹتھ     سنگ دِل کُس ژٕ گوٚے دِلس سن دِتھ
ژٕمۍ ژٕ پھلواکوٗرکھ وٕنم پوٗز پوٗز     زالہٕ ژٕمۍ ہندِ لوٗلگھ وٕنم پوٗز پوٗز

روے لیدٕرتوٚے دوٕ ذٕ دہن اندر     حال بدلیوٚوے دوٕ ذٕ دہن اندر
بُتھ ژٕ ٲنس اندر اگر وُچھہکھ     حال کیا گوٚے اگر ہنا سنہکھ
فاقہٕ پھرِ ژھِک رِواں دِواں باکے     زوٗ وندے ماجہ چھے وساں ژٕرکے
کٲنہدی لولن تلےٗ دِلس تلواس     ٲسنہ زِ ہے ماجہ ماکھینم دِل تراس
چھے ژٕ ژٕمۍ سُند دِلس ملالہٕ وٕنم     کیا نہ یوٗن گوٚے ژٕ میانہٕ لالہٕ وٕنم

پۆترٕ لوگُتھ اگر ژٕ سودٲیی    عالمَس منز گژھی ژٕ رُسوٲیی
مازِ کُس پیتہٕ مےٚ وَنتہٕ دیوانس    رِشتہٕ کُس آنہِ وَنتہٕ نادانسَ؟
کمیٚ کوٚرمکھ وَنتہٕ یوٗت آولرَ ے    چارٕ وہٕ نی کُس کری جگر پارَ ے
لولہِ نیایِس اَندر ژٕ کمیٚ تروٗکھ    یِم کُڈٕری کار کمیٚ ژٕ ہیٚچھِ لوٗکھ
حال چونے وِچھتھ مےٚ گوحاُرتھ    نجدٕ مجلوٗن تام دیتھَن پَتھ
ماجرِ ہنٛز کتھ گیَم شۄنِتھ جگرس    زَنتہٕ نِشتر مےٚ گوٚژِتھ جِگرَس
کیٚنہہ تہِ وۄنس نہٕ کلہ مےٚ نوٚمروُم    زہر اَندرِی دِلس مےٚ شروٚپروٗم



بووَ مے کیا مےٚ گوٚ تہٕ کیا سپدٕ لو    بوز وہٕ نی مہ جبینہٕ کیا گدٕ ر لو

سوزِ عشقَن دِلَس مےٚ گوٚنڈَم نار　　تَمہِ تہٕ کوٚر توٕر اُلفتُک اِظہار
خوٗنِ باران ہیٚوتن اَچھو تراوُن　　تَس ہیٚوتُن میٲنۍ پاٹھۍ دِل راوُن
عشقہٕ نیایَن تہٕ لولہٕ نارَن وٲج　　بے خبر پاٹھۍ والہٕ واشے لٲج
میٲنۍ آلوَ دپان یُتھے بوٗزِن　　سینہٕ کوٗبی کٔرِن تہٕ گُلی موٗرِن
دود لولُک دِلَس یُتھے تَس پھوٚر　　میانہِ موکھہٕ مہ جبینہ کوتاہ بوٚر
اِضطرابَس اندر سحر تا شام　　داغ جگِرَس وٕڈھن پئیَس زَن ہام
تاوِ سینَس تہٕ ووشِ ترٕنۍ تراوِن　　دودٲٕس ژوٗرِ ژوٗرِ کَلہٕ تاوان
دِل وَچھَس منزٕ نٹان زَن سیماب　　جانہٕ واراہ ہٹِس اندر بیتاب
دادِ عشقنہٕ بچارِ پیوٚ پرَ دَب　　تَس سَنیوٗ خوردٕ سالہٕ ہجرک تَب

یاٗنؠ پانَس گژھان چھُہ دِل بیزار | ییٚلہِ نہٕ کانٛہہ آسہِ محرمِ اسرار
صبر کرٛی کرٛی تہِ بے قرار سپٕنز | مُبتلا دَر فراقِ یار سپٕنز
اوس یُس شوق لیکھنہٕ پرٛنکٕ تَس | تمہِ کرِ برکرٛتھ کوٚڈُن دِلُک ہاوَس
نامہٕ لیٚوکھُن مے شوقہٕ مجبوٗرے | آو قاصِد تہٕ تمیٚ دیُتُم ژوٗرے
خوفہٕ لیٚوکھُن نہٕ ناو سٕرنامس | کھوٗژ ما مہ جبیں انجامس ؟
نامہٕ تمیٚ سُنٛد ئنجِ حکایت اوس | دود مضموٗن غم عبارت اوس

## ماشوقہٕ سُنٛز چِٹھ

حالِ دِل چھُم عرض یہ بعدِ سلام | چھُس فراقس اندرٕ بٕ بے آرام
ڈٔبہٕ بیٚٹھِن کیاز چھُک نہٕ دوہٕ ذٕ نیٚران | کیا وَنے چون کوٚت چھُم پھیران

جلوٕ ہاوُم مےٚ پاسہِ لِللّٰہ وہ ژ　　نیر ڈَبہِ پیٹھ سوالِ مولیٰ وہ ژ

کوٚت ظاۓلِم چھُ لولہٕ کےٚ باپار　　لولہٕ نیٚایَن کرِٕس سیٚٹھا لاچار

ہوش نیٚوُنم تہٕ گاۓ جنٔس لولَن　　نامہٕ لیٚو کھمےٚ ہٕ ڈاۓ جنٔس لولَن

توبہٕ تقصیر سرِ دِلُک نوٚن دزاو　　سوٗزمےٚ چِٹھی تہٕ ژٕ گیٚس کھر کھاو

یَس خدایٔس ژھِ چھُ تَس سٔبیل کران　　یَس خدایٔس ژھِ چھُ تَس ذٔلیل کران

## عاشقہٕ سُنز چِٹھی

خط پٔرِتھ لیٚوکھمَس جوابَس منز　　کیا وَنےٚ چھُس بٕ اضطرابَس منز

چھُم مےٚ کوٚرمُت قبالہٕ یتھ جانَس　　ژٕ ھر نظر زانہہ دِژٕ تھٕنہٕ دیوانس

رٕہنہٕ موتَس ےٚ زِندگانی چھَم　　از ژٕ ےٚ پُرژِ ھتھَم یہٕ مہربانی چھَم

یَتھٕ وُچھُم چون رویہٕ پُرٕ انوار — تَتھٕ مےٚ رووُم دِلَس شکیب و قرار

تتھٕ مےٚ سرٕسام باگرِ چھُم آمُت — جِن مےٚ شوٗٹھس چھُ زَن پٔرگٔژامُت

پوٗزوناں سے ہٕ چأنی دٕرٕے ہاوان — گانٹھٕ وادَن مےٚ چھمٕنہٕ ہوش سبدان

چھُم یِوان خبرِ کاشہٕ تہٕ حال پَرٕژھان — کَتھ کرٕنی چھُم گوٚباں تہٕ چھُس ولان

وَنتہٕ کَس کَس ہٕ باوٕ حال پَننُ — یَتھ جوانی تہٕ گوٚژھ وٕں نار لگُن

میٚیانہٕ وَننگ چھُ بَس یُتُے حاصِل — بار وٕہترن چھُ دورِرٕک مشکل

چھُس ہٕ لاغر گوٚمُت تہٕ چھُس بیدِل — دارِ تامت وٕہتھُن مےٚ چھُم مشکل

بہمہ ہا کیازِ دارِ برٕ ترٕوٚپرِتھ — لول، بے آر لول گوم پُھٹرِتھ

شوقہٕ ڈبہٕ پیٹھ ہٕ آسہا نیران — ژھایہٕ پتہٕ ژھایہٕ آسہے پھیران

دُپھ سُہ چھِہ ٹئرِگ چوٗن کیاہ ووٗتمُ	زِندگیہ اعتبار ہیٚو پیٚڑو وُم

قِسمتھۍ ہاوِ راحتُک اَنہار	روزِ دِل ڈٲنجہِ پیٚراوِ صَبرو قرار

پیش قدمی کرٕنۍ چھےٚ دانٲیی	کمیٚ وُنۍ اَتھ اندر چھےٚ کھر کھاوی

اَتھ اندر وَنتہٕ کیا چھُ چوٗن قصوٗر	مئیٲنۍ لولَن اثر ژٕرےٚ کوٚرنۍ پوٗر

میانِہ جذبُک یِہ چھُے اَثر وَاللہ	نَتہٕ ژٕ لِبکھہٕ نکھ مےٚ چِھٹھۍ مَعاذ اللہ

حُسن آسان چھُ فِطرتاً جلاّد	کرِ سُہ بوزاں چھُ کاٗنسہِ مُنٛد فریاد

عاشقَن اُسی تَن دِلَن ماتم	رُوٗد کُس، موٗد کُس یِمَن چھا غم؟

کانٛہہ تہٕ برٛونہہ کَنہِ چھو چھِری کراں مُری تَن	توتہٕ چھےٚ دِرہ یِمَن ڈٕیکس آسَن

پاس لِلّٰہ اَکھ عرض بوزِکھ	جل مےٚ وِصلٕچ بَرات ووٚنۍ سوزِکھ

اَتھ اندَریِنہٕ کرَکھ ژٕ کاشہٕ غفلتھ    تیٚلہِ مےٚ سپدِم خراب ہیٚیہِ حالتھ

دوٗرِ رَن کرٕ مےٚ سخ عجَب حالتھ    ژالنک چھُم نہٕ وہ نی مےٚ رژھ طاقتھ

قہر کوٚرنم دِلَس مےٚ کوٚرنم فان    زِندٕ یوٚد روزٕ ئبڈ خدأیی زان

چھُمنہٕ کُنہِ ساتہٕ زُو قرارَس منز    دژاو غشہٕ تَلہِ تہٕ پیو بُخارس منز

دود جِگرَس گناں دِلس تلواس    چھِم وَلاں نال سایہٕ ئبدی وسواس

وحشتَس منز اگر یِوان چھُم جوش    دِل گژھان چھُم ئرِہتھ ڈلان چھُم ہوش

خَبر چھِم أشناو یارِ یوان    میأنی حالتَھ وِچھِتھ چھِہ اوٚش ہاران

ترِژھ مےٚ أندری دِلَس چھےٚ دگ آسان    وہ نی مےٚ دُبرا ئے چھُمَ وو پر باسان

لوٗل تیتھہٕ کُنی دِلَس مےٚ دژاو پھِرِتھ    دوٗر چھُنہٕ کینہٕ اگر ئہٕ گوس مرِتھ

دۄرِ رَن ہَنۆونس کٔرِتھ پامال    تو تہٕ ما بوومٕ پَنُن احوال
وۄنی تہٕ سۄزتھ مٕ نِش پَنُن تحریر    وۄنی چھےٚ وَتھ کانٛہہ کڈٕنی کرُن تدبیر
گۆڑٕ وۄنی اختاپہٕ دۄرِ رُکھ پھیرُن    شرِدلُک گۆڑھ مٕ پُوٗرٕ وۄنی نیرُن
قأصِدَس چِھٹھی دِژِم تہٕ دۆپمس دور    وارٕ وۆنِمَس جواب اَن رِفلفور
قأصِدن یام خط اۆنُس برٛونٛہہ کُن    خنٛدٕلَب سپٕز تَے جواب لیٚوکھُن

## عاشقَس چِھٹھِ ہُنٛد جواب

کیا وَنے کیا لیٚوکھن جوابَس منٛز    ترٛۆوُنَس ترلیشہ ہۆت سرابَس منٛز
بےخطَر حالِ دِل ژٕ چھُک باوان    چھُمٕ باسان ژٕ موت چھُے گاران
کیاسَہ کتھ پیٚٹھ ژےٚ یِم وِہد اکھ دِتھ    ٲلِہ کرِتھ مے مذاق چِھٹھی لیٚکھِتھ

کرمدا میثون لول باوُن اوس     میثون مقصد ژٕ آزماوُن اوس

لاٗل نامہٕ لیُو کھتھ بتولسَ پیٹھ     کیاز تَنبلیثو کھٕلی مخولسَ پیٹھ

پیٹر کیا اُس شوٗٹھِ آمٕژ گرِکھ     پژارٕ ہیٚے کرٕژ داٗر مُژ راوَکھ

واتناٗوِتھ ژٕ نے کتھ خبر کتہِ کور     کیاسہ سپدیوٚے کیازِ لوگتھ چور

زُوٗ بٕ وَند ہے سو کو سہٕ قیامَت اُس     دُشمنَن تیٖژ کیاہٕ تہمت اُس

راپہِ کمَ کمَ گیٚیہَ یہِ کیا لیٚوکھمَے     سونچ پانَے یہِ کُیتھ ٹھٹھا کورمَے

کیازِ تصرُف ژٕ نے گوٚ نے یہِ کیا رووے     عقلہِ ہُنٛد ژونگ کُمٕژ ژٕ نے ژھیٚو رووے

یوٚدمے پٔزی پاٗٹھی آسہے الُفت     توتہِ لبکھٕ ہیٚے نٕ چیٹھی خدایس پَتھ

زوٗکھو رَو کِنہٕ تہِ نیرِ ہمَ مے اگر     توتہِ لبکھٕ ہیٚے نٕ چھَس بٕ ترٛٹھ خودسَر

یُتھنہٕ سوزٕکھ دُبارٕ یُتھ پأغام     یُتھنہٕ کرٕہَم خجِل تہٕ روزٕہم پام

گرٛشھِنہٕ اِنسان زانھہ تہِ حدٕ نیرُن     بے سبَب گرٛھِنہٕ کأنٛسہِ کُٹھرُن

کتھ سَہ پیٚٹھ یژٕ پدٕ لیٚچھِتھ وَنتم     دَرسہٕ کتھ پیٚٹھ ژٕ ییٚم درتھ وَنتم

چھُم مےٚ باسان وۄنی ژٕ چھےٚ آمٕژ     کیازِ زونتھ ژٕ وان چھَس دٕرامٕژ

یُتھنہٕ زانکھ بٕہ چھَس گُمژٕ نیرِتھ     دارِ پیٹھ چھَس تۄے بٕہ ژٕ شیرِتھ!

گۄکھ نیرِتھ ژٕ ئلی مذاقس پیٹھ     عقل تھاوِتھ ژٕ کیازِ طاقس پیٹھ

کتھ سَنا پیٹھ ژٕ ئلی لوٚگُکھ داوَس     چور چھُکھٕ ساد چھُکھ نتےٚ ژھٕہ رَس

کیٚنٛژ کالاہ کوٚرُن یُتھے وِلوہار     پیٚتہٕ مےٚ بدلیوٚو قسمتے یکبار

یی ووٚنُن تی مےٚ آیتن تھوون     وعدٕ پولُن تہٕ دِل مےٚ زَنٛژٕ نوون

رٗوز راتَس مےٚ نِشہٕ سحر تامَتھ	دِل ژھیٚونُم نیرِوُن وۄنُن یامَتھ
یُتھنہٕ ہرگز مَشی یہِ دَم یارو	چھِی ژٕنٛے برۄنٛہہ کُن تُلنہٕ صدَم یارو
کوٚر زمانَن اگر دَغا یارو	جان ژٕنیٚے پَتھ دِمےٚ بہٕ دلدارو

وارٕ پاٗٹھی میانہِ کتھہٕ ژٕ کَن تھاوکھ	یُتھنہٕ وصلِچ یہِ گرٕ ژٕ مشراوکھ
آسہِ منظوٗرِ کبریا ھرگاہ	واتہٕ پانےٚ ژٕنٛے نِش بہٕ بیٚیہِ ناگاہ
سیٖنہٕ مُژرِتھ پَنُن یہِ دِل ہاوَے	لول کِتھہٕ کُنہٕ پھوٚرُم بہٕ تی باوَے

وۄن مےٚ تَس چھیکرَس جوابَس منٛز	دِل مہٕ تراوُن ژٕ پیچ وتابَس منٛز
پی وَنان چھکھ ژٕ زانہہ خدا مہٕ کرِن	یُتھ ظُلم آسہِ وَن کبریا مہٕ کرِن
یَتھ دمَس تام زِندہٕ آسی روزَو	لول نذرانہ اکھ اَکِس سوزَو

عشق تَس خوٗرِ اوس گومُت پوٗر — سَمکھنُک اوس وۄنی یوٗہے دستوٗر

اَس بَرسہٕ وارِ دوٗہ کھسان اسٲن — تورِیتھ اَس میٛون گرٕ وٲتان

دوٗن دِلن میُٛل سپدتہٕ گےٚ خوشحال — اَسی دُشمن دزان وُچھِتھ سون حال

اِتفاقاً سپُد مگر ناگاہ — دوٗن رٕتن پوٗکنہٕ سٲنی کنہٕ دِلخواہ

بند گےٚ پانہٕ ۄنی پیغام وسلام — روو وۄنی بێیہ مےٚ راحت و آرام

جیرِ تُلنَم گیٚیَم پریشٲنی — ہوش رووُم گیٚیم مےٚ حیرانی

گو دِلس شک یہ فالِ بَد کیا دزاو — ہنگہٕ منگہٕ کیاز یُتھ بناوتھ آو

اَگرُن باگرُن مےٚ کَس ستہٕ اوس — قِسمتَس کُمہٕ سنا مےٚ اوٚنتُم کوس

خارٕ کس اوس میٛون کوٚرنس خوار — لولہٕ کِس گُلشنس مےٚ دیتُنَم نار

کٔمۍ سَنا مہ جبینہِ ڈولُم دِل    کار عشقُن مےٚ کٔمۍ کوٚرُم مُشکِل

کٔمۍ سہ کَتھ گٔژۍ گٔرِم نےٚ افسانَے    چھمہٕ وہ ژٕ مہ جبین مازانَے

کیازِ مَنسوونَس خدا زانے    کیازِ مُٔشرِوونَس خدا زانے

کھُہ ءٕ سوزَن تہٕ ناد دِتھ آنَن    گٔژٕنسہِ ماچھُس بُہ حالِ دِل باوَن

وہ ژٕ ژٕ رٕتھ تَس نےٚ سمکھنَس وٲتِم    چھُس وَرفتار ہوش چھکرِتھ چھم

دوٗرِ رُک بار چھُم پیٚومُت دُشوار    ژٕشمہٕ لوسَم دِلَس مےٚ گو لُہٕ پار

صبُر کرنَس چھُ اکھ حدا آسان    بار تُلنُک چھُ حوصلاہ آسان

دوٚن رٕتن روشہ بُلبُلس ییلہِ گُل    آنہٕ کتہِ صبر و تاب تیلہ بُلبُل

رات لٔلہِ وال چھُسَن وُٚتارس منز    روزِ کتھ کٔنہٕ مےٚ دِل قرارَس منز

رۄح پیٚلہِ نیرِ جسم و جان ژرٲوِتھ   کِتھ کنٕ بتھ مَن ہیکون رٕنزٕناوِتھ

## دۄیہ رێتی ماشوقہٕ سُند پھِرِتھ یُن

أتھی اندر دژاو بێیہِ غورُک ژٕندٕر   آیہِ اَستانہٕ پوشہِ مُرشِ سونٕدٕر

اوس لوٚگمُت تمِٕس اَچھَن گروٗنے   ژۄرِ ژھێپہِ واٲژِ بێیہِ سو گرِ میۄنے

میانہٕ موکھٕ أس نَخ عذابَس منٛز   مہ جبیٖن أس اِضطرابَس منٛز

أس چشمو سو خوٗنِ دِل ہاران   ٹانگہٕ پیٹھٕ وٲژھ پَتھر سو اوٗش ترٛاوان

اَژِ وُنے کلہٕ مے کوچھِ اندر ترووُن   باکہٕ ژھٹی ژھٹی مے حالِ دِل بووُن

گو سِرس فاش گرٕ گرٕن بوٗزُم   کیاہ وَنے کیا سوٗرُم تہٕ کیا وترُم

أخری زان چھُے ازیُک سمثار   سون سمکھُن چھُ ووٚنۍ سیٹھا دُشوار

کاںٛہہ سیٚنیوٚ پٔژ عشقٕچ نارٕس ہاے  ‌  شوٗژھِ وۄنۍ سوزٕنمٕ بنارس ہاے

بالہٕ پانسٕ مےٚ بالہٕ یارٕ نیوٗکھ  ‌  جیبہٕ کوٗرہمٕ تہٕ یٔختیارٕ نیوٗکھ

آم جِگرس وُتار گرِ دزا یسٕ  ‌  حالِ دلِ باوٕ نے ژٔ نِش آیسٕ

## دُنیچہٕ فنأیی ہٕنٛز وَکھنَے تہٕ آخری وٕصیّت

جایہٕ عِبرت چھ فأنی زان  ‌  موٗردِ مرگِ ناگہأنی زان

أسی روزان یِم مندورِن منٛز  ‌  تِم ژٕمیتی چھِ قبرِ دورِن منٛز

أسی یِتہٕ گُل پھوٗلان گُلستانَے  ‌  وۄنۍ چھِ تتِ کُنٛڈۍ پٔژان دامانَے

نغمہٕ بُلبُل گُلُن نِوان أسی ڈالٕی  ‌  راتہٕ مۄغلَن چھِ تٔتھی اندر وۄنۍ آلی

کتھ چھےٚ راژ زِ نوجوان یِم أسی  ‌  صاحبِ نوبت و نِشان یِم أسی

وۄنۍ نَہ پانے نَہ چھکھ مکاں باقٕے — ناو باقٕے نَہ چھُکھ نِشاں باقٕے

نازٔنین کوٚت تہٕ مہ جبیں کوٚت گےٚ — لَرِ استاد ؤہر ٕمکیں کوٚت گےٚ

پۆشِ ماتخت وتاج پادشٔہَن — تِم تہٕ سأری چھِ زیرِ خاک دفنَ

ناوزانس ہٕنہٕ کانٛہہ سپدُ گُمنام — کوٚر فراموش عالمَن بہرام

سام گو ازجہاں تہٕ رُستم موٚد — فان سورُے سپدُ تہٕ پتھ کیا روٚد

اوس آسان یِمَن کلَن پیٹھ تاج — اَزچھِ تِم فاتحَس بٔپیَن موحتاج

أسی یِم خودسری اَندر مشہوٗر — میٚتھرِ اَندر گو تِمَن غروٗرس سوٗر

پوٚد پتھ یِم ہٕنہٕ زانٛہہ تہٕ تراوان أسی — یِم نہٕ سِریَس تہٕ روے ہاوان أسی

وقت ووتھُکھ تہٕ بسَ ہلاک سپدٕی — وُستخوان تام تہندی خاک سپدٕی

قیصرَن باج ہیوت لگن ؤأنسے	قبرِ ہشتر چھسنہٕ وہ نی خبر کأنسے

اَسی تاجن یمن عُمرِ تھ گوہَر	ٹھونکرن لگی تہشدی تہٕ کلہٕ کھاپر

خوبرو، خوش بدن تہٕ کم نازل	رُودی کتہِ گئے شرونچھ زمینس تل

یِی چھُ ولوہار بس حیاتی ہُند	کارخاناہ چھُ بے ثباتی ہُند

کتہِ چھے شیرین تہ کوہ کن کوت گو	زانہِ قدرت سہ نل دمن کوت گو

مُشکہٕ اَدفر چھُ لول پٔرتھ جالے	لأل کوت گیہٕ تہٕ قیس کتہ شالے

صُبحدَم جانوار خوش اِلحان	چھِ پران کُلُ مَنُ عَلَیھَا فَانُ

موتہٕ نشہِ کس چھ رستگاری زان	دٔراو آکھ وہ نی بنیس تیأری زان

زندگی بے ثبات گنزراوُن	موت عینِ حیات گنزراوُن

زٕہر کھیتھ وۄنٔی بٔہ زوٗدٕے یارو  باکھ ژھٹؠ زٕہم پٔنٕہ بےٚ مرٕے یارو

ییٚلہِ پٔنٕہ آسی ژٔنٕے دِل قرار لبان  قبرِ پیٹھٕ یتھٕ مٕے اُسی زِ یاد کران

یُتھٕنٕہ روزکھ ژٕ سانہِ گرٕ نشہِ دوٗر  نیرِ یوٚد زوٗ مٕے چانٕہ برٕ نشہِ دوٗر

روٗح سپدِم مٕے یارٕ آوارٕے  ییٚلہِ پٔنٕہ ڈیشی گژھم وٕرفتارٕے

گابری یُتھ نَبا طبیعت زانٔہہ  یُتھٕنٕہ مُشراوِھم وصیّت زانٔہہ

ژٕبڈ کرٕنٕی چھے ملالٕہ مُشراوُن  میثانہِ یژتُک خیال چھُے تھاوُن

میثانہِ مرٕنٕچ خبر ژٕ بوزکھ یام  ییُھٕنٕہ ہرگز وٕدکھ تُلکھ کُہرام

اُشناو انگ ینِ شمتھ سأری  داتناوٕنٕچ کرَن مٕے تیأری

باکھ دِتھ ینِٕہ کرکھ عزاداری  یُتھٕنٕہ بادکھ لُکن ژٕ غمخوأری

میأنی دِٕژے چھے ژٕیتھنہ اَوش تراوکھ　　یتھٕنہٕ غأرَن ژٕ حالِ دِل باوکھ

یتھٕنہٕ منٛدچھاوِٕ ہَم جہاتَس منٛز　　نٕہیٚم نوٚن ژٕینہٕ جنارَس منٛز

یتھٕنہٕ گژھہَم ژٕ یارٕ سودأیی　　یتھٕنہٕ کرٕہم مُرتھ مےٚ رُسوأیی

وَنتہٕ کوتاہ ژٕ کانٕہہ نَبامانی　　لُکھ دِپن چھُس یہِ یارِ جانأنی

یتھٕنہٕ لوٚکَن اَندر حقیر بنکھ　　ترکِ دُنیا کرَکھ فقیر بنکھ

قبرِ پیٹھ میانہِ ڈیرٕ بِنہٕ ٹراوکھ　　مَرنہٕ پتہٕ یتھ نَس مےٚ منٛدچھاوکھ

دردِ دِل چھےٚ ژےٚ یارٕ وتراوُن　　میانہِ یَژ تُک خیال چھےٚ تھاوُن

میثون توبوٚدٕ ییٚلہِ تلُن یارو　　یتھٕنہٕ ہرگِز وَدکھ تنٛتین یارو

اِستدا میثون تھوٚی زِ یاد لگَے　　یتھنہ ہرگِز ژٕ دِکھ بِداد لگَے

یِنہٕ کتھَن منٛز وَنکھہ مےٚ کیاز اَنکھ     ناو یِنہٕ میۆن بَر زباں آنکھ

تِتھہٕ کَنہٕ تھ نیرِ زہم جنازَس ءتتی     زَنتہٕ اَکھ بیاکھ چھُکھ جماتسَ ءستی

یُتھنہٕ نَکھ دِتھ مےٚ بارگو براوَکھ     شوٚٹھ کرہَن خَجِل تہٕ کتھ تھاوَکھ

یُتھنہٕ ہرگز گژھی ژےٚ دِل اَزدس     نالہٕ زأری کَرکھ تہٕ کرہَم ژَس

مَس پریشاں تہٕ سینہٕ یَلہ تھاوَکھ     یُتھنہٕ سِر بازرس اندَر ثراوکھ

عاشقَن لۆکھ چھی وِہَن زاگان     یِی نہٕ کانٛہہ زانہٕ یِم چھِ رِتی زانان

آسِہ کُنہ جایِہ کتھ چلان یۆدمیأز     یُتھنہٕ باوکھ ژٕ دردِ دِل اَکھ دأز

میۆن بۆزِتھ ژٕ یُتھنہٕ اوٗش ثراوَکھ     مرنہٕ پتہٕ یُتھ نَسہَ مےٚ منٛد چھاوکھ

دۄرِ رَک دود ژۄرِ تھاوُن چھُے     دِل ژٕ ے کُنہٕ پأٹھۍ آوراوُن چھُے

یاد کٔری کٔری مے کیا کرَکھ ہے ہاے      چھے غٔنیمت بدَل کرُن کانْہہ پاے

پأری لگھَے بہٕ دِل کرَے قوربان      آسہِ زُوا وَرتہٕ تیٚلہ جہاں اوٚرزان

دود ہِجرُک چھُ بوٚڈ سِتم آسان      دِل چھُ مرَدس سہٕ ٹھا نرٕم آسان

یُتھنہٕ پانسَ ژٕ پانہٕ جیرِ تُلَکھ      میٛانہِ باپتھ ژٕ پانہٕ مور ژھنکھ

بار آسی دِلسَ ژٕرے یٚیلہِ باسان      قبرِ پیٹھ میٛانہِ آس اوٚش ہاران

یاد آسُم کران مےٚ اوٚش ہأرِتھ      قبرِ پیٹھ میانہ پانہٕ لرَ ترٛاوِتھ

یام کُنہِ ساتہٕ دِل گرِھی رٲوِتھ      پٔری زِ قرآن ترُبتَس پیٹھ یتِھ

پوشہ یٚیلہِ قبرِ پیٹھ مےٚ زانہہ ترٛاوکھ      قبرِ منز زنتہٕ دِل مے پھوٚلراوکھ

یُتھنہٕ وُدی وُدی کرَکھ ژٕ پانسَ ڈاکھ      دُشمنن ییٚنہٕ ملکھ ژٕ رویس خاک

قَبرِ پیٹھ یتھ دہ ہے کتھا کری زہم | بد نصیبس مے فاتحا پڑی زہم
تریش دی زہم منے تریشہ ہٹر آیس | تریشہ ہٹر میٹر مِرس اندر ژ ایس
کأنسہ پتہ کہہ چھ پان پیتہ ماران | مو دیس سے چھ مرگہ بَل واتان
یتھنہ مُشراو ہم حقیقت زان | چانہِ باپت مے دِل کورُم قوربان
سون سمکھن عجب سراباہ اوس | آلواہ اوس زنتہ خاباہ اوس
شادیاناہ تہ شورِ غم دُنیا | نورِ صبحک تہ شامِ شمَ دنیا
اَڈی چھہ خوشیَن اندر غرق آسان | آہ و زاری تلے نہ اڈی موہ کلان
کہہ نہ موتس چھ انتظار کران | وأنسہ پیٹھ کہہ چھ اعتبار کران
دم غنیمت چھ سینہ مُشراوتھ | پوشہ تنہ میانہ ستی تن تھاوِتھ

نالہٕ مَتہٕ از رَٹُم لگےَ پأری — از کرُم پوٗرٕ پوٗر دِلدأری

تَنہٕ مےٚ وژھ تژاوِ مژٕ چھمےَ جامن — یُتھ ہٕ روزی ژےٚ میأنی مَنہٕ کامن

پوٗر پأٹھٕن ژٕ کڈ دٕلکی ہاوَس — چانہٕ باپت بٕ از لُجُس داوَس

تاقیامَت سمُن یہِ ساتھ کُجا، — أسی کُجا توٗہی کُجا یہِ راتھ کُجا

حالِ دِل اَز ژےٚ پوٗرٕ چھےُ باوُن — زانہٕ دَے کیاہ چھُ برونٹھ کُن ژاوُن

میأنی دِژے چھےَ اگر ملول گژھکھ — آہ وزاری کرَکھ تہٕ باکہٕ ژھٹکھ

بٕ مرَے یارٕ یُتھنہٕ اَوش ژاوَکھ — دِل پَنُن یُتھ نَسہٕ ژٕ کُھٹراوَکھ

آے ہرُنےَ ژےٚ نوجوأنی چھےَ — ودنہٕ باپتھ ژےٚ زِندگأنی چھےَ

نالہٕ مَتہٕ اَز رٹُم مےٚ جانانےَ — آیتنَ از بٕ سورِ سامانےَ

کڈٕتہٕ ارَمان اَز دِٕلکۍ ساَری    ترٛاو از غَم ملالہٕ بے زاَری
آسہِ کیا اَتھ اندرٕ مشیّت زان    گو ملاقات اَز غنیمت زان
خوفہٕ کسَ نشِ پگاہ ژٕلرِ آسکھ    آلوان کَس پگاہ ژٕنرِ آسکھ
نالہٕ متہِ وَنہٕ کہُ پگہہ رٹھَن    کوچھِ اندر کہُ پگاٸ ٹھتھ تھوَہن
شوٹھِ گرٕ بار چھےُ پگاہ ترٛاوُن    شوٹھِ سمسار چھےُ پگاہ ترٛاوُن
یاد پاوَے یُتے بٕ غم خوارو    پیٕنہٕ پگاہ پرٛاٛہم مےٚ دِلدارو
پوشہِ تنَ ازٕ مےٚ تھاٸوَے چھاوٕنہٕ    قبرِ منٛز چھَم پگہ مےٚ لَر تراوٕنہٕ
عیش و آرام سپدِ خاک پگہ    چاٸتٕ گلفام سپدِ خاک پگہہ
وارٕ وُچھرٕ نم ژٕ یتھُنہٕ روزی شرَ    وُمرِ ومرانہٕ یتھُنہٕ روزی زرَ

سٔے غنیمت چھُ شرَیٚمس دژاوو یوٚہیُس گوٚسہٕ تورٕ ما آوو

ختم سَپدِم مٔے زندٕگٲنی اَز خاک سپدِم یہِ نوجوٲنی اَز

کیازِ چیٚشمو ژٕ خوٗن چھکھ ہاران میانہِ باپتھ ژٕ پان چھکھ ماران

زان اَز شَب چھُ بسَ وِصالُک شَب چانہِ روٗیک تہِ میانہِ خالُک شَب

قبرِ منٛز شوٚٹھِ روزِ چٲنی سَتھ روزِ محشر دُبارٕ وارٕ وُچھتھ

وۄنی کرُم بسَ اکُے دُعا جاناں گوٚژھ مےٚ مُشکل پگاہ گژھن آسان

تُلٕ نٕہ ہرتر تہِ زندگٲنی ہُنٛد روو اَسہِ باغ نوجوٲنی ہُنٛد

اَز جہاں چٲنی یاد ہیتھ دژایَس ہستی سارٕی مُراد ہیتھ دژایَس

عشق ہمت چھُ، ہمتُک آگُر عشق غارَت چھُ غارتُک آگر

چھَم وناں بار بار ہمّتِ عشق  
یی چھُ لبَس اِقتضاے غارَتِ عشق

یُتھنہٕ ہرگِز تہٕ دوہ کڈکھ مٲرۍ مٲرۍ  
یُتھنہٕ مارکھ ژٕ پان دوہ کھ بٲرۍ بٲرۍ

کیازِ لولَس مےٚ پام چھَم تھاوِنۍ  
چھُم مےٚ بہتر یہِ زندٕگی تراوِنۍ

پوشہِ یوٚتتام گردشِ دوران  
سأنۍ کتھ روزِ یادگارِ جہاں

آو شبَ وارٕ وارٕ وۄنۍ سوران  
چھِم نہٕ اَرمان مگر دِلَس نیران

وۄنۍ شبُک چھُم ئتم پہَر باقےٚ  
چھِم مےٚ ہاوَس دِلَس مگر باقےٚ

لولٕ متہٕ لاے بیٚنیہِ کَرُم جاناں  
نالٕ متہٕ وارٕ بیٚنیہِ رٹُم جاناں

چیرِ تھاوُم ئٹھِ مےٚ سینَس ستی  
تراو وۄنۍ لر ژٕ مہ جبینس ستی

شبِ وِصالُک ژٕ از غنیمت زان  
پوشہِ تنہٕ ستی چیرِ تھاوُم پان

ژھایہِ سَر تھاوٕ زُلفہٕ شیٖہجارَس
ہَھو یہِ روٗخسار سٕتیٖ روٗخسارَس

بوسہٕ دِی دِی ژٕ رُوٹھہٕ مےٚ وُزٕناوُکھ
پھیش دِی دِی یہِ ترٕیش ہوٚمراوُکھ

مَدٕ کھوٚتمُ، دِل ہیٚوتُن گرٛٹھُن پاگل
کالہٕ موٗیک مُشک ژٕ دِس جَل جَل

ہیٚمہٕ نیرُن تہٕ زورہٕ بیٚہناوُم
یام روشَے ژٕ تام مَنہٕ ناوُم

وُٹھ دندَن تل ژٕٹتھ کرُم گُفتار
تژاو اسناہ تہٕ کوسمن انبار

آلوَو اکھ اکس وٕل سَر پادَن
اَزلہٕ اَبدس مےٚ چاےٚ چھم لادَن

رَتھ وندَے کیازِ چھک ژٕ آوش ہاران
دُشمنَن کیازِ چھک ژٕ تَپ کھاران

خوش تہٕ خوشحال پاٹھٕی گژھ رخصت
مرنہٕ برونٹھے مےٚ تیتھہٕ سورُم سَتھ

کوٚنڈٕ ژٕ زٕ پادَن اژِی اگر یارو
زان قدمَن وندَے یہٕ سَر یارو

میٛانہِ غم خوارٕ پأری پأری لگےَ — جان پادَن وَندَے فِداسپدَے

کیازِ یِتھٕ پأٹھی چھُکھ ژٕوہ شِتراوان — چھِہم جِگرس مےٚ پارٕ پارٕ کران

چھسَ ئہٕ زِندَے تہٕ وُنہٕ دِیتم ماجان — کیازِ چشمن اَندرٕ ژٕےٚ چھےٚ طوفان

یوٗت وَنتم ژٕ کیازِ چھُکھ غمگین — کیازِ گولتھ ونُم ژٕےٚ جانِ حزین

یُتھنہٕ وُدی وُدی ژٕ دِل خراب کرکھ — آخری گرِ مےٚ پِنہٕ عذاب کرکھ

خوٗن ہارن اچھوَ ئہٕ لو زرِیو — غم مَہ برَ، سرپَنُن فِدا کرِیو

یِتھی چھِ واقات ساسہٕ بدی سپدان — کانٛسہِ پتہٕ کُس چھُ ژٕو پَنُن گالان

یُتھنہٕ داماںٕ ہمتُک ترٛاوکھ — پأنٕ پانس ژٕ یِتھ نبا راوکھ

میٛانہِ بابت ژٕ پِنہٕ وُدأسی گژھکھ — یُتھنہٕ ہرگز ژٕ بدحوأسی گژھکھ

تھاوِ ہمت مَہ گژھ ژٕ یِژ رنجور
یتھ اَڈ وتہِ تھکِتھ چھُ منزل دور
نار تیوٗل چھُم دِلَس یہِ غم چونے
چھَسنہٕ اکھ رَژھ زَراں صدم چونے
پَننہِ مرنکُ مےٚ چھُمنہٕ کانْہہ افسوس
چھُم دِلَس وہ فیٚ مےٚ بَس اکُے ہمسوس

میانہِ پتہٕ کُہ کری ژےٚ دِلجوٗئی
چانہِ موکھہ مَرِ بہٕ چھُم سُرخروٗیی
کُہ ژےٚ آسی کران دِلاسہ مدار
کُہ ژےٚ ترٛاوی ہٹِس نرِن ہُنڈ ہار
میانہِ پتہٕ کُہ کری ژےٚ دِلداری
کُس کری یارٕ ناز برداری

پیٚکھ بلاشک ژٕ امتحانَس منٛز
دادرَس چھُے نہٕ کانْہہ زمانَس منٛز
چھُم مےٚ نیرُن ژےٚ دٲغِ دِل تھاوِتھ
چھَس بہٕ شرمندٕ کَس گژھتھ ترٛاوِتھ
کُہ ژےٚ واتی تہٕ آلوی کُہ پان
میانْی پاٹھِن وندی ژےٚ زوتےٚ جان

وارے رنزناوِ کُس ؤں دِل چونے    أتھ دہ لابَس اندر چھُ دِل میونے

گوٚے اگر کأنسہِ ستی یارانے    دِل تمِس ئچھِ میانہِ جانانے

بد نصیبی پھِرم تہِ سپُدم فان    گوم دشمن زمین کیٚو اسمان

سویہِ عُقبٰے بۂ روسیاہ ڈرایس    چھُم مے تسلا بۂ باوفا ڈرایس

زوُ مےٚ وونڈ مے تہِ سرفدا کوٚرمے    داغ لولک رٚوچھم وفا کوٚرمے

ٹاس لوِیُن ڈٕھکس ووٚنُن ناگاہ    چھُم مےٚ باسان کشب سپُد آدا

گرٕ چھے ترٕاوان یام سانگ ٹاس    تیز سپدان چھُم دِلس وسواس

دگ مےٚ لوٕلچ دِلس سنیٕ مرٕچھم    زندگی موت زن بنیمٕ چھَم

حال سپدیوٚم کیا مےٚ ہے توبا    چھس بۂ سوٚنچان کیا؟ ونان چھس کیا؟

اۄش وَساں چھُم أچھَن مےٚ ددرایے    ہیرِ بوٚنہٕ چھم وہ تھان تھَتھرایے
کَم جَتن کٔری مےٚ یِتھ دِلَس افسوٚس    کانٛہہ اثر گو نہٕ بیقلَس افسوٚس
موٗن چھُکھ روبروٗ مےٚ نِش یارو    چھُمنہٕ حس ہوش تو تہٕ دِلدارو
چھَس بٔ وَسران تہٕ ہوش راوان چھُم    دِل وَرفتار زُو پریشان چھُم
آدنُک یار گرٛھنہٕ زانٛہہ راوُن    گرٛھنہٕ یِتھ دُشمنَس تہٕ دوہ ہاوُن
بیاکھ غم چھُم دِلَس أندری کوران    شَب چھُکھ کِنساں تہٕ داستاں زیٹھان
یارِ جانَس بٔ حالِ زار پرٛژھا ؟    وہ نٕ وُصیّت کرا ؟ بٔ لول برا ؟

## عاشقہٕ سُندٕ جواب

وۄن مےٚ تَس یوٚہٕ پی جوابَس منٛز    تراوتَم مِتہٕ یِتھَس عَذابَس منٛز

مِیانہِ باپَتھ ژٕ جان دِکھ، توبہ .بوزٕ وصیت تہٕ بوٚے معاذَ اللہ

مِیانہِ پاپَتھ کرَکھ ژٕ جان نِثار چھُے ژٕ ٚے بٕرم مشورس کرَے اَنکار

یُتھ مصیبت تلُن خدا مہٕ کرِن روزٕ کُن زوٚن ہٕ کِبریا مہٕ کرٕن

زَہر کھیتھ ژُو اگر کرَکھ قوربان باخدا نیرِ مێتہِ ژٕ ٚے ستہٕن جان

اَکھ اَکِس ستی ییٚلہِ جِنازٕ پکن لوٚکھ ماتم کرَن تہٕ باکہٕ ژَھٹن

جان وندہے مےٚ دارٕ وَنتم حال اوے کِتھٕ کُنٕ دِلَس اندرِیہ خیال

غم ژٕ ٚے اَندری ہیٚوتھٕ تہٕ پی چھاجان مِیانہِ موکھٕ زہر کھیکھ تہٕ مارکھ پان

ماجہِ کوٚرنَے اگر ژٕ ٚے حد وٚیپ یے اوس ماتس یِراد بد وِٚیپ یے

یِم چھِ آسان اَصیل تَے اشراف تِم چھِ غلطی کران یِتھے کُنٕ ماف

ماجہِ مأیس کرٕنۍ پیواں سختی      کانچھہِ اولادِ ییٚلہِ سیاہ بختی

عالمس منٛز چھُ پیُس تہِ کانٛہہ اولاد      تَس چھُ باسان مأج بَب جلّاد

نیاے لوٚکچ چھہِ جا بجا آسان      کینٛہہ کھوان زہر کینٛہہ ستم ژالان

ماجہِ مأیس کرٕنۍ چھےٚ گژاو غلط      گرٕھہِ سوٚرٕنۍ تمن شرٕین ہنٛز سَتھ

موج تھوٚمُت چھےٚ قدرتن افضل      جنتُک باغ ماجہِ پادَن تَل

مول موختار، پُشت پناہ، شیہجار      سَرد و گرمس اندر شرٕین غم خوار

ژیٚنے خبر چھےٚ تہٕ پانہٕ چھکھ دانا      بخشنکھ روتبہٕ قدرتن اعلیٰ

خستہٕ دِل گرٕھہِ مہِ مثالی گرٕھن      ماجہِ ہُنٛد گرٕھہِ زانٛہہ ملالہٕ رٹُن

زِٹھِ چھہِ اکثر ٹھٹھان پیری منٛز      توٚت ترٕنہِ یِم وَنان چھہِ پیری منٛز

تِہنٛز ژکھِ گژھِنہٕ اعتبار کرُن    پان ٲلۍ گژھِنہٕ بے قرار کرُن
زِٹھۍ چھِ کیا کیا وناں تہٕ پتہٕ کیا گو    یِم چھِ پینٛتِن سَنان پتہٕ کیا گو
ماجہِ کوٚرنے ژٕےٚ گرٛنز تہٕ مارکھ پان    پھاسہِ کھالکھ ژٕ پان پی چھاجان

## ماشوقہٕ سُنٛد جواب

میٚون بوٗزِتھ ووٚنُن جوابَس مٔژ    زِندگی چھم مےٚ اِضطرابَس مٔژ
دولہٕ وُچھِنَم نہٕ کٲنٛسِہ زانٛہہ ازَ تام    طعنہٕ دُیتِنَم نہٕ کٲنٛسِہ زانٛہہ ازَ تام
ناو کرٕی کرٕیوٗں زٕدی دِلَس کٔرِہم    پامہٕ دِی دِی مےٚ گدٕی دِلَس کٔرِہم
زانٛہہ تہِ اَسِم نہٕ بوٗزمٕژ بَڈِ کتھ    ٹاٹھہٕ کرٕی کرٕی دِلَس مےٚ کٔرِہَم دَتھ
دژاو سِر نوٚن تہٕ روٗدما کھٹٕے کھٹٕے    آشناو اَنگ چھِم کٔڈان اُٹٕے اُٹٕے

زُرکہِ دِی دِی یٕہ گاٚجھس لۄکوَ
زِندٕ روزُنَ مےٚ گوسبٹھا دشوار
یسَ نہٕ عِزّت سُہ گو نہٕ اِنسانٕے
ژالِ اِنسان کِتھٕ کنِتھ تِژھ کتھَ
چھُم مےٚ دِل رَتھ چوان تہٕ ووٚزِ کیا گو
حال وُلن کوٚرُم سٹھا اَبتر
پاسِ لِللہ میٲنہٕ غم خوارو
کیازِ سپدیوٚکھ خستہٕ جان وَنُم
یِتھنہٕ مَرنٕگ کرَکھ ژٕ کانٛہہ تدبیر

پامہٕ دِی دِی یٕہ زاٚجھس لۄکوَ
آشناوَو کٔرِس ذلیل و خوار
یسَ نہٕ غاٚرت سُہ گو نہٕ اِنسانٕے
سَپدِ یمٕہ سِتی پانہٕ بے عِزتھ
چھُمنہ غاٚرتھ پَژراں تہٕ ووٚزِ کیا گو
میٲنہٕ باپَت چھُ زٕوٚ دِینٕے بہتر
یِتھنہٕ مرٕنٛج کرَکھ ژٕ کتھ یارو
دُشمنَن کیازِ دِکھ ژٕ جان وَنُم
روزِ محشر لبکھ مےٚ دامنگیر

آے ہُرِی نَے ژٕرٕ آے لٔگِی نَے میثون          نِیرِی نَے ماجِہ پوٗر ارماں چون

میثون شوٗبی خیال مٔشراوُن          خوٗرپیکر ژٕ مَہرٛینِیا ژھارُن

جان گو وارٕ زِندگٲنی چھاو          ژٕراو غم میثون نوَجوٲنی چھاو

آہ و زٲری پِچھےٚ دوٚن دوٚہن آسان          وُمرِ وُمرانٕہ کُہ چھُ کٲنسِہ وَدان

زندگی ہُنٛد بہارٕ ینلہِ چھاوکھ          دوٚن دوٚہن منٛزٕ مےٚ شوٗٹھِہ مٔشراوکھ

# اٰخری مُلاقات

پی وَناں اُس گوَ صدا گرِہُنٛد          أتھی اندر گو عجیب حال تَسُنٛد

ٹاس بوٗزِتھ گٔژھِ سُہ تھِس زردی          جِسم ہانیوٗس پھیر تَس سَردی

چشمہ لوسَس تہٕ سایہ موتُک پیوٗس          دِل ژٕہتھِ گوٗس زَنتہٕ وحشت گوٗس

یام باسیٖوس گاش نیٖگ نیٖگ آو ۔۔۔ آسمانس ہیٚتھرٕن کرٕنی اَدٕ گراو
واو صُبحک ہیوتن یکنُ سوٚت سیٚوت ۔۔۔ زَنتہٕ تیز ژاو دود تس لوٚت لوٚت
أتھی اَندر صُبحدم گزل وویکھ ۔۔۔ رنگ زَردیاو تس ژنَدن رویک
یام پژا گاش پوتہٕ نَب وۄشلیو ۔۔۔ حال تس سو رگہٕ جوٚرِ یدٕلے گو
سروِ نازس دِتن گیٖس یکبار ۔۔۔ گوس گمہٕ سژان، حال سپدُس زار
وُٹھ وُٹِن تام زٕلو گیٖس نیٚنگلِتھ ۔۔۔ نشانٕش گرٕنس تہٕ دِل تہٕ گوس ژٕہتھ
صِرف وۄنَم ژٕ رٕوزِ زٕم مٕے گواہ ۔۔۔ پَتہٕ پوٚرُن لاالہٰ الااللہ
بَس یُتے چھُے وٕل خوٚن بہامیونُے ۔۔۔ دَرگُزر کرِی زِ پژتھ خطا میونُے
پی وَنان تمِ بہٕ نالہِ مَتہٕ روٚٹنَس ۔۔۔ بوسہٕ کرِی نَم تہٕ نیٖم جان کوٚرنَس

نارِ تتھ وزِ، سو وزِ قیامت اُس     دارِ کنز کلہٕ کوٚڈُم مےٚ شہمت اُس

اُس پھِری پھِری وناں بلایہٕ لگے     جان وَندہےَ تہٕ ژھایہٕ گژایہٕ لگے

یُتھ نَسہٕ بَدنصیبہٕ زر تھاوکھ     میانہٕ موکھہٕ یُتھ نہٕ دِل ژٕ کُٹھراوکھ

آز موٚکھ مےٚ کوٚت جانانےَ     تَتھ لوٚکھ مےٚ کوٚت جانانےَ

## ماشوقہٕ سُنٛد واپَس نیرُن

گیہٕ سو گرٕ کُن روانہٕ ییلہٕ دَفتَن     موخۍتہٕ مجمَن مےٚ گژاے اُچھ چشمَن

تازٕ شولیثو نار زَن جِگرس     زَن یَتھر پیٚوس گوم پانَس ژَس

اُس وُصیت تسنزٕ مےٚ یاد پوان     وَہمہٕ اوسُم دِلَس وُتارٕ انان

تاونا اوس بوٚڈ مُصیبَت اوس     کینہہ مَر یٔژھ کُنیتھ دِلَس مےٚ وحشت اوس

یاد اُسم پیوان مٕے تٕمۍ شٕر کتھ     وَہمہٕ اوسُم کران دہماغس گتَھ
ٹھاک کُس کرِ تٕمِس گرَس اَندر     فیل پینہٕ کرِ سو وحشتَس اندر
اِضطرابس اَندر نٹان اوسُس     دارِ درواز دِتھ ڈِیاں اوسُس
اُتھی اَندر شور گوَ تہٕ محشر وۄتھ     کرِ یکھ نیرِتھ ژٕجِم وۄتھس لوٚت لوٚت
نار گوٚنڈُنمَ دِلَس تہٕ پاگل گوس     مُشکلن تھوٚد وۄتھُس یَتھ بیٚنیہٕ پیوٚس
پَہر جوراہ گٔمتی وَداں اُسم     گوٚو بدن وٕہ ژشٹھتھ تہٕ حبس رٲوِم
خوف، بدرایہ، بدشگون، تلواس     سایہٕ بدی اُتھی اندر مٕے گےٚ وسواس
وۄن مٕے یارس اَکِس تلاجَل کر     کیازِ گیٚہ نارِ کریکھ مٕے اَنتہٕ خبر
کٲنسِہ ماسون ہیٚو مُصیبت پیو     داغ دِتھ کٲنسِہ ماپَنُن کانٛہہ گو

وَچھ چھِ ژیٹان گہٕنڈِ باپتہِ یم   باکہٕ ترٛاوان گہٕنڈِ باپتھ یِم

زَن چھُ اسمان پیٹھِ مِن پیوٚمُت   محلہٕ کتہ پیٹھ ٹُلکھ چھ کیا گوٚمُت

یاریُس سوٚزمُت مےٚ اوسُم تور   تورٕ ہیتھ آم سُے خبَر فِلفور

خٲرخاہن وٚونُم بیانس منٛز   شورِ محشر چھُ ٲستھی مکانس منٛز

اٰنہٕ ڈَب یتھ چھےٚ رات کیٚت ناپان   تأجراہ اکھ چھُ یتھ اندر روزان

تَس بِچارس چھُ کربلا گوٚمُت   مُحلی مُحلس چھُ اِبتلا پیوٚمُت

زانہٕ قدرت چھُ کیا صحی اَسرار   کاہنہٕ چھُ موٚمُت تہٕ یا چھُ سَخ بیمار

قہر گوٚمُت تِمن چھُ اندازن   خاک روین تہٕ چاک چھکھ دامَن

خوٗن چشمن تِمَن گوٚمُت جٲری   نالہٕ زٲری توَے کرَان سٲری

زانہٕ قدرت چھُ کیا اصل رٔفواد      یوٗت یَتھ پیٚٹھ چھُ نالہٕ کیٚشو فریاد

چھُمنہٕ باساں چھُ بے سبَب ماتم      زَن جوانسَ چھُ کأنسہِ سوران دَم

حال چھُنہٕ کیٚنہہ تہِ گُفتنی۔ وَنہٕ کیا      زیٚتھ گرٕک ماچھُ رَفتنی ۔ ونہٕ کیا

پٔرتھ اَکِس زن چھُے جان بیزأری      محلہٕ خانس اَندرودَاں سأری

باکھ ژٔھٹنکُ چھُ شور و شر۔ توبہ      فِکرِ چھُنہٕ کیٚنہہ تَران مکر۔ توبہ

کاہہ کُمی چھَنہٕ گٔرھان جوشسَ منٛز      کَس پیٚرِ ژھو واہٕ کُہہ چھُ ہوشسَ منٛز

باکہِ دی دی گُمٕ بُتھبن چھکھ دَتھ      چھُنہٕ آدم زَراں خدایسَ پَتھ

ناو ثُمی سُنٛد وچھَس اندر تھوُوُم      گوم اَنہِ گوٚنٹ اَچھِن تہٕ دِل رووُم

وَہ وٚسِتھ گیہِ مے زنتہٕ وسبرِتھ آس      نار جگرس، دِلسَ ووٚتھم تلواس

دِل ووٚتھم گوٚے فِریب دِتھ تقدیر — ژِھمب کرٕے مرٕ حبیبنٕ وٕہی تقصیر
دوستوَ یام وُچھمٕے بدَلان رنگ — وارٕ پُرژھم ژٕے کیازِ گوٚے دِل تنگ
حال سَپدُے بدَل ژٕے خأرٕے چھا — رأوہٕ زَنتہٕ کل ژٕے خأرٕے چھا
ہَنگہٕ منگہٕ کیازِ پیٚوکھ زَنتہٕ ہُرِتھ — زَنتہٕ کاہ یار دوس گوٚے ژٕے مُرِتھ
دُشمنَن وَنتہٕ کیا بناوَتھ اوے — کیازِ موریٚوکھ، کیازِ بُتھ زَردیٚوے
کتھ سأے پیٚٹھ یِنژ بے قرأری چھےَ — کہٕنٛدِ مرٕنٛج ژٕے غم گُسارِ چھےَ
کیازِ چھُک یوٚت اضطرابسَ منٛز — آکھ ہینہٕ کیازِ گِردِ آبسَ منٛز
کأنٛسہِ نتہٕ کأنسِہ پیٚتہٕ چھُہ زاگان یَم — کُہ چھُہ پرِتھ کأنٛسہٕ ہُنٛد ہوان ماتم
بے سبب گژھنہٕ ہیٚنی پریشأنی — ہوش راوُن چھُے بَڈ پشیمأنی

کیاز چھکھ پان بے سبب ماران    کیاز چشمو ژٕ خوٗن چھکھ ہاران

کیاز ترووتھ ژٕنے دِل عذابس منٛز    وَن سأ اَسہ چھکھ ژٕ کتھ وولابس منٛز

طعنہٕ دِتھ تیر لوٚہم یارَو    زَنتہٕ شہ رَگہِ ژٕنتھ مےٚ خنجر گو

کیاہٕ وَنہا تمن جوابس منٛز    لیفہِ تَل ژاس اضطرابس منٛز

دوستدارَو وُچھس ہٕ یام شوٚنگتھ    نیرنُک آو اَتھہِ تمن بوڈ ہیتھ

یام تِم ژٕلے گٔے ہَنا تِم دوٗر    چشمہٕ مُژرٕم تہٕ تھوٚد ووٚتھس رٔنجوٗر

دوٚنی گرٕن منٛز ہٕ پَتھ گوٚمتُ اوس    کھوٚ کھشہِ کرٕی کرٕی ہٕ دارِنش ووتُس

سَٹرکِہ پیٹھ زَنتہٕ شورِ محشر اوس    زَنتہٕ موتس خِلاف محضر اوس

یُس تہٕ کانہہ اوس تور یور پِوان    پِی وُچھاں اوس تِی سُہ اوس وَنان

## کورِ ہنٛدِس مرنَس پیٹھ مألِس ماجہِ ہنٛدی وِداکھ

داغ اولادٕ سُنٛد قیامت چھُ ماجہِ مألِس یہِ بوڑ مُصیبت چھےٚ

روزِ بَد گرٛشھِنہٕ دَے یِمَن ہاوُن گرٛشھِنہٕ أچھ گاش زانٛہہ یِمَن یِاوُن

مول موج آسہِ بیٚلہِ حیأتی مِنٛز گرٛشھِنہٕ اَولاد پیٚٹھوٗن وفأتی مِنٛز

ماجہِ مَس کوٚڈٕتہٕ زِل دِتِن رویس مألی ژوٚٹ سینہٕ تمٛبہٕ کرِن مویس

زَنتہٕ دہ نوَے گمٕتۍ دِماغی آسی زَنتہٕ وُحشی گمٕتۍ تہٕ یاگی آسی

یام برونٛہہ کُنہِ تم یوان آسِم تیرِ جگرس مےٚ زَن سَتاں آسِم

یِم تہٕ اَتہٕ آسی صاحبِ اَولاد آسی تم أشنٛدِ کھوتہٕ تہٕ زَن ناشاد

آسی ہمدرد پھیرِ پھیرِ وَنان واے وَکھ پیٚو کھٔلے گےٚ واران

داغِ اَولادِ سُنٛد چھُ بوٚڈ ماتم
مرنہٕ بروٚنٛہہ گژھِنہٕ زانٛہہ مُشتھ یہٕ صدم

یُتھ ظُلم گژھِنہٕ آسمان کرُن
یاونَس گژھِنہٕ موت زانٛہہ تہٕ پھرُن

موت برحق چھُ زندگأنی منٛز
گوٚژھِنہٕ ہرگِز تہٕ ییٚنٛ جوأنی منٛز

أڈی وَناں آسی مول چھُس اَبتر
داغ روٗدُس دِلَس تہٕ جگرَس زر

ناگ چشمن وُزان چھِ نیچارَس
ہوش کتہٕ پھیرِ وٚنۍ عزادارس

دوست، ہمدرد اشکبارِی منٛز
آسی مشغول آہ و زارِی منٛز

پان ٹھاسان بَرن تہٕ دیوارَن
ہوش ڈٲلۍ متۍ چھِ زَن عزادارن

پان ماران چھِ وأنۍ سوداگار
پان ماران پننۍ وٚپرکیتھ یار

اَندٕ وَندٕ پوٚرٕ ییلہٕ نظر ترأوم
تھپ لٔجم وأنۍ تہٕ ستھ رأوم

تاب رۄدُم نہٕ دأدی لدَ پانَس      ترِٛشمےٚ تھَر تھَر ؤتھٕہم دِلَس جانَس
لولہٕ نارَن مےٚ جوش ییتھ دِیُتنَم      ہوش ہُنَم تہٕ دب پیتھر کوٚڈ نَم
توس تُلنَم مےٚ لولہٕ بیمأری      غش مےٚ گو بےخوٚدی گیم طأری
پھِر حوراہ گرٕژھتھ مےٚ ییلہٕ لوٚب ہوش      وُچھ مےٚ بدٕلے نظارٕ بدٕلے جوش

## جِنازُک نظارٕ

بۄزونتھ بۄزونتھ اوس اکھ جلوٗسہٕ رواں      وہٕ ڈٕنی أسی زِتھ تہٕ کینٛسی پکاں
آسہٕ کینٛہہ ماجہِ بیٚنہٕ جماتس ستیٚ      لبِ کران آسہٕ تِمہٕ جِنازَس ستیٚ
ژۄہ نزٕ مرثی کراں تہٕ دایہِ ودان      دادِ دوٗدِ موج أس باکہٕ ژھٹاں
تُہنٛز حالتھ وُچھِتھ ششٹھاں ؤنُج      نالہٕ بۄزِتھ کنبن پھٹاں وأنج

کھَنجہِ جگرس گرٛزھاں وِچھتھ احوال
کیازِ بُتھی پھیٚرِمَن سَپُد اِقبال

زٲنی اَنزٲنی پان ماران آسی
وتہٕ پکہٕ وِنی تہٕ خوٗن ہاران آسی

أتھو اَندر وچھےٚ مہ جبین پٔننی
وِچھےٚ چشموسو نازنین پٔننی

سہٕراوُس گُنٛدِتھ زٔری تھانٛگ
سورٕ وٗن سوٗنتھ زَن گُلِستانٛگ

کھولمُت اوسہٕ ہَس گلُن اَنبار
اوس اوٚند پوٚک زَھٹان مُشکنیٚ دار

دایہِ ہیتھ وٕزایہِ بٕرونٛٹھ اسپند سوز
اوس مہٕرینیٚ جنازٕ کیا دِلدوز

أسی تو بوٗد ہیتھ پکان تِتھ پأٹھی
کِہر زانیانہٕ ہیتھ پکاں یِتھ پأٹھی

أسی اَشرافٕ ستی تَس وٕزاہتی
أسی پٔرتھ طرفِ لُکھ ژٕسِتھ آمتی

ستی أسِس پٔننی پٔردی بِسیار
خاک بَرسر، تمام أچھ خوٗنبار

سارِنے پَتہٕ پکان سوداگار　　حالِ حاٲراں تہٕ سوٗری گومُت نار

اوس توٗلۆدِ بۄرونٹھ بۄرونٹھ پکاں　　غَش گژھاں اوس تس وُتارِیواں

ٲسی تس زورِ تھَپھ کٔرِتھ احَباب　　یُتھنہٕ کلہٕ مٹھاسہٕ یُتھنہٕ سپدِ خراب

کورِ ہندِ مرنہٕ تس گۄمُت اوس ژَس　　خوٗن اوسُس دوشاں کلس زخمس

ٲسی ماتم کَراں امیرو فقیر　　باکہٕ دِی دِی وَدان ٲسی رَہگیر

موج پَتہٕ پَتہٕ دَواں جِنازس ٲس　　زَنتہٕ ژھینہٕ مژ سوتار سازَس ٲس

ٲس آلوَ دِوان سو کۄستورے　　نادلایاں سو ٲس مۄستورے

پٲری لٔج سَے بٔ زوٗوندے کوٗرِ　　وُچھُم غاٲرت مٔے بیزباں حوٗرِ

دَم کۄرُتھ سر گٔھٹتھ تھوٗوتھ ہٲری　　کیاز ہاوِتھ ژٕ نے پیش دَمدٲری

خانہٕ موجی ؤصیتھے کٔری زِہے
گیٔہِ وَنن چانہٕ ماجہِ بیچارے

پانہٕ درایکھ ژٕ مَژِ جوأنی منز
چشمہٕ لجہٕ مَژٕمے چھَم دَرس کوٗرِی

کیازِ کٔرتھم دِلَس مے وأرأنی
زَہر دِی ہیم مے کانہہ تہٕ تِی کھیمہٕ ہا

روو لُطفے مے زِندٕگأنی ہُنٛد
چون خاندر ہیوٗکمُ نہٕ أنٛزراوِتھ

کوٗری کٔرتھمَ مے ژھِمب اَنٛزأنی منز
ماجہ پنہٕ نی ژٕ سِردِلکٕ ؤنی زِہے

أچھ دِژٕم کٔمہٕ یہِ میانہٕ اَچھِ دارے
تراوتھس کَس ہٕ ناتوأنی منز

ژوٗنگ ژھیٚو رووتھم گَرس کوٗرِی
چھَس وَرفتار چھَم پریشانی

گوٚژھ گرٛژھن چھہ تہٕ ژھتھی اَندروَنہا
داغ چھُم چانہٕ نوجوأنی ہُنٛد

کیازِ ژٕجھَم ژٕ اَڈ وَتی تراوتھ
اَتھ ہاوان ژٕجِھ جوأنی منز

تاوِنَس تھاوتھَس ہٕ گُلی موٗران  کیازِ وزائیکھ ژٕ کوٗری اَتھٕ ہاوان

کیازِ رٗوشِکھ تہٕ کیاہ ملالہٕ رٗوٹھُتھ  پوشہٕ ڈارس پہٕ کیازِ نارٕ ژھوٗٹتھ

کَتھ کرُم وَٹھ مےٚ گودِلِس کوٗرِی  دوٗنی بےٚ سَتھ چھَس تہٕ گوم ژَس کوٗرِی

چھِی نہٕ آلوَ کنَن گرٕشھان میأنی  ترأوتھَس کَس ہٕ لأل مبرجأنی

موت باغس پھوٚرُم تہٕ کوٚرنَم ڈاکھ  گوم اَنِہٕ گوٚٹ اَچھَن گرَس پھُٹِنٕ پھاکھ

دوٚکھ پُشرتھَم مےٚ شادمأنی منٛز  پان موٗرُتھ ژےٚ نوجوأنی منٛز

سوٗرٕ سَپدُم مےٚ نورٕ زانِیانَن  دُشمنی ہأونم مےٚ آسمانَن

آسہٕکھ دوہہ ژٕ دوہہ بیمار گُمٕژ  شاندٕ کھور آسہٕ ہی پہٕ موج بیٚمٕژ

ماجِ کَتھ پیٚھٹ گَیکھ ژٕرِژھ بیزار  کیازِ ییتھٕ کُنِ دیتُتھ ژےٚ زٕویکبار

خوٚرِ دِسأٲلی یہِ کوٚہسہٕ وَنَن گُرتھَم	نارِ ثرٛٹھ زَنہٕ پُشنہِ کوٚچھ بُرتھَم
بارِ جگرس مےٚ ترووتھَم کوٚرِ	داغ لَلہٕ وُن مےٚ تھووتھَم کوٚرِ
چھِم کُڈرِ دوہ کڈِ ذِؤں کُرس منز	چھِم مُصیبت تُلِنہٕ مےٚ بُجرَس منز
یام بوٚزِم مےٚ ماجہِ ہِشدی وِلہٕ زار	شرٛاکہِ جگرس وَرٛھم تہٕ گوٚنڈمَم نار
پیٹھِ وُصیتھ مےٚ تسَ ئِری ہشنر یاد	سارِنی پتہٕ ئہٕ دٔراس دِل ناشاد
پان اوسُس ئہٕ زوٚرِ لیتھہِ ناوان	اوس غارتھ مےٚ بڑونٹھ پکناوان
سارِنی پتہٕ ئہٕ اَدِ پکاں اوسُس	دِل رُٹھ منزی پیتھہ بہاں اوسُس
یاد دیٚیلہِ ضبطِ غم پیواں اوسُم	بَس تلُک پیٹھ دِلَس گرٛھان اوسُم
پتھہِ وِ تتھہ ژاس مَلگُزارس منز	یارِ ہِشدِس تُوِس تَشہارس منز

وُچھ مےٚ مَلکھ اُشی قبرِ وار کھنان — شۆراکہٕ دۆرایم مےٚ دِل جگرِ کتران
تاب رٗودُم نہٕ اُچھ گئیمَ نمناک — وعدٕ پولُم دُیتُم نہٕ جامَن چاک
لۆکھ یٚیلہِ اُسی خوٗنہٕ دِل ہاران — اُسی جگرِس مےٚ نیزٕ پیٚتی تاران
اۆش مے ٹراوِن ہیٚوتُم صبر رووُم — یاد پَننِس دِلَس مگر پووُم
کیا ژۆےٚ باوان گئی سۆ اَز دُنیا — وٗصیَتھ یارٕ سٕنٛز ژہتَس چھےَ نا
یُتھنہٕ اَز خود گژھکھ تہٕ باک ژھٹکھ — شورِ محشر تُلکھ تہٕ جامہٕ ژٹکھ
حیلہٕ کٔری کٔری دِلَس کٔرِم زاری — یٚیتہِ چھِ تَس اَقرباہِمتھ ساری
یُتھنہٕ صبرُک کلاے پھُٹراوکھ — یُتھنہٕ سِر مارکس اندر ژٹراوکھ
دُیت مےٚ تسلا دِلَس تہٕ سمجووُم — ژھوپہٕ کٔرِم لوٚد یتھ مےٚ اَدتھووُم

اَوٚش اُچھَن منٛز ژٕتھ گھٹتھ تھووُم     حال روٛیَن مگر دِلُک بووُم

یُس تہِ سمکھُم کُنی کتھا پٕرٕژھنَم     کیا ساٗخاٗرٕ چھُیا پٕزٕر وَنتَم

کُمٕ سَنا غَم دِلَس اندر ترٛوُوٕ     کیاژٕہے بُنگہٕ چھُکھ ژٕ کیا روُوٕ

اُچھ سوٚرَخ چھَے تہٕ روٕے وۄشلیامُت     دُشمَنَن کیا ژٕ چھےٕ بُنتھ آمُت

زَنتہٕ مَرنُک ژٕ خاب چھُے وُچھمُت     کُمٕ ساٗوُہمَن اَندرٕ ژٕ چھُکھ ژٕچھمُت

کُن جواباہ دیُتُم جماتَس مٕے     اُچھ تہِ موٗرٕم نٕہ راٗتی راتس مٕے

پیٹھٕ وۄہِلی آس پور مجبوٗرَن     رَنگ بُتھس چھُم توٕے ڈلاں باسَن

سہَل کتھ ماچھےٕ ہاٗل مٔشراوٕنی     ئُڈٕ قیامَت چھُےٕ نِہہ نِندٕر راوٕنی

کتھ مٕے ڈاجِم تہٕ شکھ تَمَن کوسُم     مختصر بوز مسلہٕ ژھوٚٹرووُم

اُتھی اندر گوَ صدا ٲسِمو سأری    پٔرِو فاتے تہٕ دا مُنگو سأری
آے اَحباب نادِ یِلہِ بوٗزکھ    فاتے پٔری پٔری ثواب تس سوٗزکھ

## قبرِ پیٹھ عاشقہٕ سندی وِداکھ

فاتحا پوٚر لُکو تہٕ پانَس دٕرا ے    وہٕ نٕ بٕ اوسُس تہٕ اُس تمی سٕنٛز رٕہا ے
وُچھ مےٚ تنہا تسٕنز قبرَ یا متھ    گوم تہَراج یتھ دِلَس تا متھ
شمع رویُک بٕ پٔرون پرَوانیَ    زَنتہٕ دیوانہٕ آس لارانیَ
قبرِ نش وأتھے بٕ آس وُسِتھ    اوٚنش وٚوتھُم دارِ زَنتہٕ پیٛوس ہأرِتھ
دِلِ مےٚ روٗدُم نہٕ اِختیارَس منٛز    پان لِتھ وُم مےٚ اَندمزارَس منٛز
قبرِ اوسُس بٕ مُتی کراں یا متھ    دِلِ یوان اوس وہٕ لِسنس تا متھ

# عاشقٕ سٕنز سخت جانی تہٕ ذٕلیلہٕ ہٕنٛد انٛد

تمہِ فِدا کوٗرمےٚ پتھ پَنُن یاوُن　　داغ تھوٗوُن مےٚ وٲنِسہِ لِلہٕ ناوُن

پھیش دِتِنم گیٖم مےٚ نہناوِتھ　　واوٕ ژوٗل پوشہِ باغ چھندراوِتھ

مےٚ اُچھن برٛونٹھٕ کنِہ سوٗڈراوِکھ　　مہ جبیٖن میٲنی میٚنٛزِ اندر ساوِکھ

آسمانَن پیٚ کیٚتھ مَذاق کوٗرُم　　دایہِ بدگُمی کوٗرُم تہٕ شاپھ لوٗگُم

قہر سپدان وُچھُم ڈوٗلُم میزان　　آم پٕرتھ طرفٕ دریٖنٹھی فانٕے فان

اُتھی خیالس اندر بہٕ واپس آس　　گرٕ وٲتِتھ مےٚ زیادٕ گوٚو تلواس

پیوس وِسرِتھ پتھرٕ تہٕ گوم سُہ ہیٚہہ　　ہوش رُوٗدُم نہٕ کینہ تہٕ کھیوٗم مےٚ ویٚہہ

زہر ہرِ ووتھ، گیٖمَ کُنی لارَن　　دِچھ بےٚ ہوشی اندر وٕژھم تھارَن

چشمہٕ لوسَم وُٹھن کھوٚتمُ سفراتھ — ہَتھ قیامت سَپدٕ اکھ اکھ ساتھ

تربن دہہن تِژھ مٕے رُوٗز بےہوشی — گوس اَز خود گیمَ فراموشی

بے خودی منٛز وُچھم سوٚ خابَس منٛز — ناگ ٔنٛز دٕرایے زَن سرابَس منٛز

چھُس بہٕ تَھلِہ تھلِہ وُچھان تَمِس گرایَن — نظرٕ تس نالہٕ اُمتی کراں ژھایَن

آیہِ بٔروٗشہ کُن مٕے چشمہٕ تر کرأوِتھ — دٕرایہِ تَمہٕ سٕنٛز نظرٕ مٕے کترأوِتھ

میأنٛز وصیت ژٕ کیازِ مٔشرأوِتھ — کتھ ساپیٹھ میأنٛز کتھ ژٕ منسأوِتھ

کیا سأیی اوسہٕ قول آسہِ باہمَ — زہر پیالہ ژٕ نیوٗتھ چیتھ یکدم

دوٚنٛز دہہَن منٛز ژٕ ہوش گَے ترأوِتھ — دوٚنٛز دہہَن منٛز مٕے گوکھ مٔشرأوِتھ

جان گو سارِے ژٕ پھیش دُنٛتھ — رٕت ژٕ باسیوے یی ترٕ جان گوٚرتھ

بَس یہِ باوَتھ کرٕن تہٕ گیہِ رٕوپوش　　اُچھ نٚے ثٔریم تہٕ آم یکدم ہوش
گوٚمےٚ زہرُک اَثر ختم یکبار　　ثٔنی کرامَت سپٕز تہٕ گوس ہُشیار
اَکھ اَکِس یار دوس اَسی وَناں　　موٚرد گو زِندٕ کِبرِیا سُنٛد شان
وولسنَس آو ماجہِ مأَلِس دِل　　پوٚترٕ گاشَس وُچھکھ انداں مُشکِل
اُشناو انگ گٔے سبٹھاہ دِل شاد　　آے سأری کوٚرکھ مُبارک باد
حأصِلِ داستاں چھےٚ موخصر کتھ　　سخت جأنی چھےٚ عاشقن فِطرتھ

لولہِ بازارٕ　لون اَز موٚدُم
دِل دِیُتُم یورٕ اورٕ غمَ پٕژودُم



